گوڈنیُک چھاپ ۱۹۶۵ء

تعداد ۱،۰۰۰

چھاپ کلفٹن پریس سرینگر

قیمت ترٚیہ روپیہ ۵۰ پونس

کتابت غلام رسُول

یٖمہِ کتابہ ہندِ چھپاونہٕ خاطرٕ دِژ میٚہ کلچرل اکادمی مالی امداد۔
یتھ کتابہ منز یِم خیال چھِ، تِمن ہنز ذمہ داری چھ صرف میانی۔

# زاَن

حال حالی میوٗل میہٕ موقہ شنکر رینہ سنٛز "زِتنہٕ زوٗل" پرنس۔ یمہٕ برونہہ تہٕ چھُ میہٕ یہنزٕ کینہہ کتھہ ریڈیوہس پیٹھ بوزنہ تہٕ کینہہ افسانہٕ پرنٛک موقہ میولمُت۔ "زِتنہٕ زوٗل" چھِ کہانیہٕ پرٕتھ درایہٕ یِہ کتھ داِرہ پاٹھی نیٚنٛز زٕ شنکر رینہ ہس کوتاہ عبوٗر چھُ پننین کِرداران پیٹھ تہٕ تہنٛز ذہنی وُسعت کاتاہ سٕنٛز چھےٚ۔ یہٕ چھےٚ خوشی ہنٛز کتھ زِ ڈاکٹر صاب چھِنہٕ بیمارن ہُند علاجی یوت کران، تِم چھِ ادیب تہٕ اہلِ فکر تہٕ جسمانی معالج سٕندِس پیشس سیتیٚ چھِ تِم سماج کین دادین ہندی ڈاکٹر تہٕ ژھان بنیٚو۔ تہنٛز وۄچھ میہٕ ہر وِزِ یہٕ کوشش زِ سُہ بچاوِ نفسیاتی نبض تہٕ تھپ کرٕتھ، یُس اکِس بڑِ سماجی پس منظرک پیداوار چھُ۔

یِم چھِ دادین ہُند سُہ پہلو ورتاوِتھ بیمارن منز تہٕ سماجک تہٕ زرتہٕ وِدگنیار ژھانڈان، یُتھ تِم تھہ یاٗرِتھ شیرِتھ نوین قدرن ہنٛز بنیاد تراون۔

ازکل کِس زمانس منز چھہٕ جسمانی بیمارن سٕون تہٕ وسیع تعلق سماجی بیمارن سیتۍ۔ دونوۍ چھہ اکِے تصویرکۍ زِہ رُخ۔ لہٰذا اکھ ڈاکٹر چھُ صرف فزیشن یوت بلکہ آکِتھ توقع کران زِہ سُہ گژھِہ آسُن مُفکر تہ ماہرِ علمِ نفسیات تہٕ میہ چھہ خوشی زِہ ڈاکٹر صاحبس منز چھہ یِم ساری صِفت۔

میہ چھہٕ موقہ میولمُت واریاہن ڈاکٹرن سیتۍ وۄتھنس بِہنس۔ مگر یِم زِتنہ شُکر ریہ یِہ ذہنی شعورس پیٹھ نایاب چھہ، تِم چھہ میہ سیٹھاہ کم وُچھمٕتۍ۔ سُہ چھہٕ کأشرِ ہن ڈاکٹرن منز اکھ نٕوٕ طرح تہٕ اُن یِتھ حال۔ تیٚوٕی چھہٕ ضروری تہٕ۔ اگر ڈاکٹرس اکس اتھس منز دوربین آسہ، سیتۍ گژھِہ بیٚیس اتھس منز قلم تہٕ برُش تہٕ آسُن تاکہ سُہ کرِہ اِنسانی گہرایِہ ہنز ترجمانی، یوس وقتُچ ضرورت چھہ۔

سید عنایت الرحمٰن

وزیرِ صحت جموں و کشمیر

# اپالوسندۍ زٕ روخ

شنکر رینہ پیٚلرِ میہٕ گوڈٕ ینٛچ لیٚرٕ ڈُ چھ، میہٕ آیہِ تمٔندِس اِنہارس منٛز اکھ ترٛٹھ زُژ لبنہٕ، یوٚس زندگی منٛز بییہِ دوٚنی ترٛیٚن شخصن ہندِس جبینس پیٚٹھ میہٕ دزٕنیٹھی آمژ چھ۔ سہ زُژ یوٚس اکِس انسانس عام انسانن ہندِہ ہمگھٹہ منٛزٕ خاص بناوان چھ تہٕ امتیازُک شرف بخشان چھ۔ یہِ چھُنہٕ میون نٕے یوت تاثرٕ، لگ بھگ یُس شخص شنکر رینہ ہس سمکھان چھُ، تس چھُ تمٔندِہ وجُودٕ نِشہٕ خارج سیدِن واجبن یمِن زُژن ہنٛز جادٕی ہانکل نأگی گژھان۔ دوٚیمِس مُلاقاتس منٛز سپُد میہٕ تمٔندِہ انفرادِیتُک جادٕہ یہٕن احساس۔ اکھ اُس نہٕ یہِے یوت کتھ ذمہٕ وارزٕ تہٕندِس نٔندٕ بأنِس بُتھِس پیٚٹھ اُس فرٛنچ کٹ ریٚشہٕ خط سیتیٚ اکھ خاص کیفیت پیدٕ گأمژ۔ یوٚس زندگی ہنٛزٕ یک رنگ یکسانی منٛز تنوٚع چھ رنگارنگی پیدٕ کران چھ بلکہ اوس یہِ تہٕندِہ وجودِ

معنویک سۄ پرٛد تریمہٕ سیتی اُچھن دوگوش ہیُو گژھان چھُ۔

شنکر زینہٕ ہس کُن وُچھت چھُ میٛہ یُونانی دیومالہٕ ہُک اَپالو دیوتا یاد پیوان۔ یٛیلہٕ بُہ پران اوسُس زہ یہ چھ اکہٕ وقتہ سنگیتُک تہ فنونِ لطیفن ہُند دیوتا تہ اَتھ سیتی سیتی طِبُک ( Medicine ) دیوتا تہ۔ میٛہ اوس یہ واتھ یوہے عجیب ہیُو باسان۔ مگر شنکر زینہٕ ہن کُڈ میانہٕ ذہنچ یہ پھیٚٹھ۔ شنکر چھُ ازبُوڈ ڈاکٹر۔ مگر بہٕ زانن سہٕ تیٚلہٕ یٛیلہٕ سُہ فقط ایم بی بی ایس پاس اوس۔ یتھو ڈاکٹر چھ دنہٕ ہٹرہٕ ہٹرہٕ پھیران اَکسان تہ پوٚت ونگ گجر تہٕ چھُ ووڈنی یمن نبض ہاوُنس پیٚس وپیش کران مگر شنکر زینہ سُند وجود اوس تیٚلہٕ تہٕ شفاہُک ناگراد ہیُو باسان۔ یمہٕ انمانہ سان سُہ مریضس دِل دِہی کران تہٕ تسندین چھ کن بلغار لاگان اوس۔ تمہٕ کنہٕ اوس سُہ تیٚلی مقبول سپدمُت تہ میٛہ چھ وارِیاہ مریض تم وُچھمتی یِم تس تیٚلہٕ تہٕ بڈین ڈاکٹرن ہندِہ کھوتہٕ جادہ مازان آسی۔ اتھ منز کوتاہ اوس شنکر سندِس طِبس تہٕ تجربس دخل۔ بہٕ ہیکہ نہٕ اندازہ کٔرِتھ مگر تسندِس خوش خلقس، تسنزہ دردمندی تہٕ تسندِس شفقتس اوس اتھ منز وارِیاہ اتھہ۔ کم سے کم چھ میون تاثر یِی۔ یُس زن پانہٕ تسند اکھ بیمار اوس۔ عوامس منز یُس دستِ شفاہُک ہوا ہو سپدِ، میٛہ چھ باسان سُہ چھ تلمیحی زبانی منز یمنی خصوصیتن ہُند اظہار آسان۔

انسان ہندِس جسمس یوت علاج کرن وٲلی حکیم تہٕ ڈاکٹر چھہ انسانہٕ سندِہ رُوحٕ کِس سرچشمس اتھہ منزٕ تراوان۔ یُس شفاتہٕ میٚحنتُک اصل اگر چھہُ۔ یُس حکیمس تہٕ ڈاکٹرس اتھہ سرچشمس زیرِ دِنک دل اُبھرٕ لوٚگ۔ تِسۍ کُن چھہُ "دستِ شفاہُک" لکہ اعتقاد منسوب ہبکان سپدِتھ۔

شنکر رینہٕ ہس کتھہ کُنۍ آو اکتھ لوکچہِ وٲنِسہ منزی اتھہ صدرس منز من چھلنکُ دل۔ تمیک سِر تِنیاو میٚہ تمہٕ وزِہ ییٚلہِ میٚہ بوٗز زِہ سُہ چھُ اکھ کہانی کار۔ تمُسنزن کہانین نظر دِتھ چھینہ یہِ کتھہ سمجھنس تاڑ لگان زِہ تسنزِس ہنس منز چھہ دردمندی تہٕ سوزِ چ سو زِ تیخ یوسہ انسانن ہندین ضمیرن ہندِس اندِ گنڈٕ عالمس منز وتھہ ہاوان چھہ۔ شنکر رینہ چھُ یُہے شمع زاٗلِتھ مریضن ہندِس رُوحس ژاٗنکان تہٕ تورہ خلیجِ فارسہ کِس ڈونگہ ہندی پاٹھو شفاہکو موختہٕ چھٹی کھاران۔

مگر یہِ چھہ کتھہٕ ہنز اکھ لر۔ اتھہ وویٚڑ ژھانڈِ منز چھُ شنکر سندِہ وجودُک آبالو بیدار گژھان یُس اکی وقتہ طِبک دیوتا تہٕ چھُ تہٕ فنِ لطیفکُ رازداں تہٕ۔ رُوحٕ کِس اتھہ سایس منز چھہ تمُس انسانن ہندی رنگا برنگ بُتھو یوزنہ یوان۔ تمہٕ بُتھو یِم عام انسانن ہنزن نظرن وِیڈی چھینہ گژھان۔ شنکر رینہ چھُ فنکُ موٗ قلم ہیتھ رُوحٕ کین یمن اسرارن کہانی ہندِس قرطاسس

پیٹھ پیش کران تہٕ اُسی چھِ حیران گژھان زِ انسانی لاشعورک سنبر کوتاہ مُقدس چھُ۔

شنکر رینہ سندِین کہانین ہُند ماحول چھُ عام طور ہسپتالن ہُند تہٕ پیٹھ فضا آسان۔ مگر سہٕ چھُ اتھ منحوس فضاہس منز فنکُ ژونگ زالمِتھ نزول کران تہٕ ہاوان زِ انسانی نفسیاتکی تہہ کاتیاہ سُنز تہٕ کاتیاہ پیچ دار چھِ۔ تمُ سندِ کردار چھِ جسمانی طور مُنڈی آسان مگر تہندز جذباتی تہٕ ذہنی کیفیت چھِ کنہِ کنہِ وِزِ انتہائی جاذب نظر آسان۔ شنکر رینہ چھُ امی تضادُک فن کار تہٕ تس یِم تجربہٕ اتھ ماہٕ دانس منز حاصل سپدمتی چھِ، تمو چھِ تمِ سندِس فنس اعتبارک وُشنیر تہٕ حقیقت پسندی ہُند لمس عطا کورمُت۔

شنکر رینہ سندِ فنُک بیاکھ پہلو چھُ تسندز جُزئیات نگاری۔ زندگی ہندِن لوکٹین لوکٹین کتھن منز چھُ سہٕ بڈِین رازن ہنز آئینہ کاری وُچھان تہٕ یہ عین جُزئیات نگاری تہٕ مُشاہدٕچ واقعیت پسندی چھِ تسندِس فنس دِلاویزہ بناوان۔

شنکر سندِ کہانی کاری ہُند بیاکھ قبولُن لایق پہلو چھُ تسندز سادہ، میٹھ تہٕ سرل زبان۔ شنکر چھُ وُنہِ ڈاکٹری ہنزہ کتابہٕ پرنس سیتی تیوتاہ اوُر زِ تس چھِنہ انگریزی یا اُردو افسانہٕ کتابہٕ پرنس واگرے آمُت۔ سہٕ چھُ نِینہِ فطری وِزِ کنہٕ کہانی لیکھان۔ اوے کنہٕ چھِنہ تسندِس فنس یالہِس پیٹھ کانہہ ووپرِ فنکار ہنز ژھلے تہٕ گرائے باسان۔ اَمی چیزن چھِ تسنزہ کہانی خالص کاشرِ بناومژہ۔

(محمد یوسف ٹینگ)

سِیہ باوُن

# نم تہٕ ماز

داریاہ کالُک دوٗت میٚہ سنٛز گران یِہ کتاب چھاپہٕ۔ پوٚز فُرصتھاہ آیم نہٕ زانہہ۔ کُنہِ نتہٕ کُنہِ گیرِس سٕتۍ زُوٗدُس دوہَے آوُر۔ کُنہِ نِرہ واتہٕ کور اِنسان۔ تہٕ پوٚتُس یُتھوٗی بے وقت کدِلٕتھ بیوٗٹھُس کینٛہہ کتھ ژارنہٕ، میٚہ زن توٚگےٚ نہٕ زول دِیُن زِہ ژارہٕ کیاہ تہٕ ترٛاوہٕ کیاہ۔

ژوٚک موٚدُر — پرٛوٗن تہٕ تموٗن — زِندگی ہُندی زٕہ مزٕہ، زٕہ رنہٕ رُخ — نشہِ آمِستہٕ تہٕ بیوٚن بیوٚن تہٕ یم پننہِ پننہِ جایہِ میٚہ دوشوَے ٹاٹھہِ چھہٕ۔

میانین کتھن منٛز وُچھو توٚہہ نۆہی زِندگی ہُنز آیہٕ گرٛایہٕ تہٕ نُشُر۔ اَتہٕ ہیٚمٚن خوابن ہُند دوشلُن تہٕ رنٛگینی۔ تہٕ ستی پیوہ توٚہہِ نیٚچھن تہٕ دأدی لدن ہُندیہٕ پاکر، تہٕ پأچھ بوئے۔ چھوکن

ہُنزِ دگرِ ہُند شہلُن۔ زِیٹھو تہٕ اڈٕ فوٗڈ وٕوش تہٕ ساسہٕ بدٕن
وٲدی لدن ہُند اڈٕش تہٕ چکہٕ بوزن۔ بیمار، یمن سیتی بہٕ راتس
دٕہس آسان چھُس۔ آوسے ہیتی، کھوژی ہیتی تہٕ دگرٕ سیتی لیسرہ آمتہٕ
ہُتھی پھِرد، وُولی تہٕ کنہ ترٛکری تہٕ بینیہٕ طرف سبزراہ تہٕ پیٚزراہ۔

... ... ... ... ... مومُم شرٛی ہیوی، یِم
لصو کھہٕ مُتس کھوژی ہیتی تہٕ ہتاہ ہیتی آسن!
اتھ منز تہٕ ژیُون میٚز زہ یہٕ دگ للوان تہٕ آسہٕ تمِن مایہٕ تہٕ
محبتکو آگرو ہکہ دِدان!
اُسی تن دود کوتاہ سِیاہ تہٕ منحوس انسانی خلوص تہٕ
لولکہٕ آگرو چھا نانہہ ہوکھتی — تم چھہٕ وُذان روزان!

تہٕ یہٕ کتھ وُچھو میٚز سادِنی جاین ہشی۔ نتہٕ دود وُچھ میٚز
ژواپارِی — سادِنی ینہٕ پینہٕ رنگہٕ گنیٚر — دُوربہٕ تہٕ دگ —
یہے دگ تہٕ گنیٚر سنہٕ ہیتہٕ چھُس بہٕ یمنی داٲدی لدن
ہُنز کتھ لیکھان — داٲدی لد، یِمن بہٕ ڈاکٹر چھُس۔ تہٕنزِ دگرِ
شریک۔ اکھ عجیبٕ پانیار۔ تہٕ یِتھوی بہٕ تمِن نوشُوبن موکھ ہنا دِتھ
دگ چھُس شہلاوان، میٚز چھہٕ باسان دُنیہُک بہترین شاہ پارہ چھُہ

یِوان لیکھنہٕ۔ تہٕ لیکھان ترِ چھُس اَدے، یِتھہٕ پَنُنہٕ قلمہٕ سیتی سماج نوٗسوٗرن ترُس دِتھ پاکھ کٔرہ۔ یِتھہٕ بُت رٔاٹھ پیٹھہٕ دگِ گٔیہٕ۔

کاُژاہ اَرسی اُشنادی چھہٕ میانِس قلمس تہٕ ڈاکٹری ہٕندِس نیکِس —— نم تہٕ ماز۔ وُنکین چھُس ڈاکٹری ہُنزی سادِی کھوتہٕ تھٔزہ ٹرینگ سیتی اَوُر۔ تہٕ پانسَ پتہٕ چھُس تو ہہ یِم کینہہ افسانہٕ ہمس ترادان۔ بَڈہ چادر روزیم یی یوزنگ زِہ تو ہہ منز کاٹھاد پرِزہ نوو میانین کتھن منز یِنَو پانَ ترِ کیازِہ سأری کتھہٕ چھہٕ تھٕنزی۔

پوٗتُس چھہٕ ریتھ زِہ بو کرہ تمن سارنی ہندِہ یایہٕ کین ادین تہٕ دوستن ہُند شکریہ ادا، یمو یِنَو موٗلُل وقت کڈِتھ میانہٕ کتھہٕ چادہ سان یوزہ تہٕ پسند کٔرِتھ۔ مگر بٔراہِ چھِنہ بیہٕ خوش —— تہٕ کرِتھ پرنسپل کول، دینا ناتھ نادم، علی محمد لون زانن مینہٕ تیٚلی ییٚلہٕ بو پوٗتے اوسُس۔ تمِ چھُناہ پتاہ میانِس دِلس منز کیاہ چھہٕ تھٕندِہ خاطرہ۔ وونی کرہ ہا بہٕ تِمنِس یادس شری سنتوش شند شکریہ ادا، یمو بڈہ لولہٕ سان یمہٕ کتابہٕ ہند خوبصورت رنگین کوَر بنود۔ مگر تمہٕ رِنیہٕ میأنی شکل ترِ بنأوِتھ تہٕ زونو میانِس بتھس پیٹھہٕ بچھر اَسِتھ تہٕ کوتاہ وُشنیر چھہٕ میانِس دِلس منز۔ بنسی نردوش تہٕ محمد یوٗسف ٹینگ صأبُن کیاہ وَنہٕ، میأنی دوست، میأنی ہمدم،

یِہندِہ دَسہِ یہِ کتاب میہٗ پیتھ اند واژ!

شنکر رینہ

چندی گڈھ (پنجاب) اپریل ۱۹۶۴ء

پوسٹ گریجویٹ انسٹی ٹیوٹ

# فہرِس

# لوکچہ لوکچہ کتھہ

راتھ یتھ سارٕوٕنی رٕود ہنا لاجے ین، تیٚتھ رودٕ ییہ نہٕ راج ناتھس کانہہ براہتی زِہ پگاہ کیاہ آسہِ نہٕ دۄرٕ۔ مگر شامی گوٚنڈٕن بسن نارٕ تہٕ سوٚرٕدی اوٚبرٕ نیوٚن ژٕلِتھ تہٕ ساتس دراد تارکھ نَب نوٚن۔

رٕووَن اُس سأری سی اٚندی پکھس تراوِتھ، ہشِ پیٚرناوِ مژٕ۔ خرہ یارِس ہیوٚ رِس محلس منز تہٕ یُتہٕ وندس اندر تہٕ دَم اوس آسان، اوس اژٕ شہہُل تہٕ نم دار ہَوا بُگہ ہیرِ ہیرِ گرِتھ دسان۔ راجِ ناتھ اوس ازٕ دوہس تھکِتھ آمُت تہٕ بیچھوٕ ینٕہٕ کنہٕ ڈیرِ پلنٕٹھ شونگنہٕ مگر نِندرٕ آیس نہٕ کینہہ ——— راتھ باسییہٕ تِمِس اوٚدر مژٕ رِتھ دہار بنہٕ ہش تہٕ بیٚلہِ یِژھ راتھ اُس آسان، راج

ناتھس اُس نہٕ کینٛہہ نِندٕر یِوان۔ تہٕ کیازِ راج ناتھ اوس اَتہٕ ہور۔
ہُپارٕہ اوس محلہ زِٕن ووٚسہٕ آمُت۔ کھاندر موقع اوس تہٕ
کھاندرن اُس گرٕ بکہ لُجمٕژ۔ محلسی منز اوس دۄن ژھٔن گھرن تہٕ
یموی اُس نوٗ نزٕ شرے تہٕ پراٹِھ دوٕیہ لاُجمٕژ۔ تِموٚ اوس تمُبکھ نارِہ
وائِجٕ وائِجٕ تہٕ گیوی گیوی محلہ تُھمُت نکھس۔ راج ناتھس آسہٕ نہٕ
شُرِی دمالِہ تہٕ کوٗکر مزٕ خوش کران ـــــ دوٕیہ ژودرِہ پھرِہ
اُس تُس موتی لالس سیتی تہٕ اُتھی پیٹھ لڑٲی گامٕژ۔

" ناتہٕ واتو کوٚت اُسی۔ زمانہٕ چھُ یوٗت برونہہ پوٚکمُت۔
اُسی چھِ وُنہٕ تتی۔ کانہہ بُڈ کتھاہ کراہ اسہٕ ـــــ اُسی
واتِیاہ ژودرِہ پیٹھ ـــــ اسہٕ تہٕ اُڈیاہ راکٹ ـــــ اُسی چھِ
اُتی یتی تمُبکھ نارِہ ٹھپ کرِتھ۔"

موتی لال اوس تورہ ہُسن کھنگالہ ژھٕنِتھ کانٛہہ گاہٕ جار
دِنان، یُس نہٕ راج ناتھس ہرِہ بوٗنی وسان اوس۔

" ژٕیہٕ کیاہ کرِتھ ڈاکٹری۔ ژٕیہٕ دُبٕتھ دُنیاہ چھُ یوٗتوٗی۔
ژٕہ ہا چھکھ تمُبکھ نارِن ہُند ڈُب ڈُبوٗی یوت وُچھان ـــــ
تیوٗ توٗی ما چھُ۔ یِمہٕ ناچھِنہٕ تمُبکھ نارِہ وزان۔ یِم ہا چھِ گُکن

ہُندی حُباب تہٕ ارمان وزان... ... ...بیٚنبن ہُنز شفقت
تہٕ ماجبن ہنز مائے شولان۔ ''

راج ناتھس آسہٕ نہٕ یمہ کیتھہ ٹارِ کمان تہٕ کیازِہ ہوتی
لالن اُس لوچپن لوچپن کتھن پیٹھی زندگی راوٕرمژ۔ سہٕ کیاہ
زانِہے دُنیاہ کوتّ چھہُ ووتمُت ـــــ راج ناتھن اوس
دُنیاہ وُچھمُت ـــــ سہٕ اوس پانژِہ وُہری ڈاکٹری پاس کرِتھ
کشیرِ توٚرمُت۔

دُنیاہ اوس تیوٚت بدلیومُت، مگر اُسہٕ نہٕ کینہہ۔ اُسی آسی
گھرٕ تہٕ ترٕ پرہٕ تہٕ ریتھی۔ زن اوس کرِتام کرٕ یلہ گنڈ تھووُمت پھرِتھ
... ... سہٕ اوس وزہ وزہ گھرٕ کین وتان ـــــ

'' نان سینس ( Non-Sense ) توہہِ چھوٚوہ کانہہ
کتھاہ۔ بیٚیہِ امہِ رٔوس رٔوزمژ۔ ینہٕ بہ آس، تنہٕ ووت میٚہ سیٚتی
کتھہ بوزان ـــــ اَدٕ گوم بینہِ گاشہِ ہیوٚتھ دیُت کم ... ...
نِکٹس میوٚلمُت نہٕ وقتس پیٹھ فیس ... ... ہاکھ گو تکہ پن ہیوٚ۔
توہہِ چھوٚوہ دۄہی دۄہس اُتھی گل گوشس آسان۔ امہِ رٔوس
رٔوزنا بیٚیہِ کھنی کتھ۔

ناجو اُسِس شعوٗر زَدِ ہِش گژھان تہٕ ہانگل سٕندی یاٗٹھو اُس ہُتھِس لگان وُچھنہٕ۔ دفتر ونان اُس ——— " امہِ رٕنٛدِس تہِ چھا بیٚیہِ کانٛہہ کتھ۔"

ہسپتالس منز تہِ اوس سُہ دوٚہہ دوہس یہے لہ کیٚچ لہ کیٚچھ کتھ بوزان۔ نصف زیادہ بیمار اُسی تمُس پننہِ کھرِ کانگرہِ ناٗلہ ژھنان۔ لوکھ اُسی لوچھین لوچھین کتھن پیٹھ چینٛچ پھیرِ تراوان۔ ساری اُسی تمُس پننہِ والدی یژھان باوُنی، یمن سیتھ یہٕ تس رُکھنی دِل چھپی اُس۔

یتس بٔڈِس دُنیاہس منز اوس یہِ تمُس کانٛہہ یوان بوزنہٕ یُس تہٕسندی یاٗنھی سوچھ ہے۔

یی سونچان گیہِ تس ساٗری راتس دوہس رات۔

صُبحکہِ موقعہ نُجِس اُچھ یپٹھ اُجھ۔ یٮ۪لہِ وُشار گو، دوہ اوس کاٗجس آمُت۔ تاپھ اوس ڈُبہِ نیبر دژامُت۔ تمُ کوڈ کاڈاہ تہٕ دوٚدھ تھوٚد۔ روت وُنندرہِ پتہٕ اوس تمُس اُچھن غبار ہیوٗ دُژوسی کِنھ دِژن نظر ——— کہہ اُسی دٕلتھی، مگر تاپھ اوس توٚت۔

"از دوہس گژھو نشاط ـــــ" تمۍ سۄنچ پانسی سیتۍ۔
"خبر یتۍ کر ییہ فرصت!" بچرس دِتن فشاہ تہٕ سوٗبٹاہ ژھنِتھ دٕراو مہرازہٕ ہیوٗ گگھرہ۔

آتوار اُس پھٹنس آمُت۔ سۄے خلقت اُس وتہٕ۔ لوٗکھ اُسی زانہٕ ہیٚو، ہیٚی زن دوران۔ راج ناتھس کُھش لوٗکن ہُنز یہٕ کتھ آنٹِ زِ، تو تہٕ ریچھ یُتکِی لوٗکھ تہٕ ہفتس منز اکِہ دوہہ پننۍ نیو آلیو منزہ نیرِتھ بہار چھا دان۔

نشاط اڈس پیٹھ اُسی بے شمار لوٗکھ ... لوٗکہ ارساتھاوس لسن تہٕ اران۔ یونہٕ گاڑہ اُسی لوٗکھ دورِہ تہٕ ڈرِہ گژھان الانٛدی کنٛن ہُندی پاٹھۍ۔ اکھا اکھ گاڑی اُس نیران، مگر رِش اوس نہٕ چھٹان۔ جوان تہٕ ہبہ کڈ داٗلی اُسی گاڑین کُتی تہٕ میتھ۔ پیتھ کُن اُسی دوہ نہٕ شرِد داٗلی تہٕ ٹبرداری یا تہٕ زُ دوی میتہٕ۔ یا سوٗٹھ بوٗٹھ لاگِتھ جنٹل مین (Gentle man) راج ناتھس ہیوی یم زن لوٗبوی تماشاہ وُچھان اُسی۔

اخر کھوٗت کہُ تانی راج ناتھ تہٕ گاڑہ۔ مگر سُہ کھوٗت دٕول زٕ ٹِتھ، یُتھ نہٕ پتلوٗنس کرِیز پھٹِ تہٕ تمی تیج نہٕ تس سیٹ۔

تس پیو سیٚہ منز س وۄدنہٕ سوزُن۔ کلینزن ہُرِی نفر کٔٹن ہٕندی پاٹھی، سیٚخ ژبلہٕ ژیل گیہٕ تہٕ گاڑہ پچہِ نٕووہٕ ہٕندی پاٹھو رسہ رسہ۔ یِم سیٹھن پیٹھ آسہٕ بہتھ، تِم آسہٕ مستے ہتو کتھن۔۔۔ تِمے کیتھہٕ۔۔۔۔ یِمن سیتی راج ناتھس سیٚخ نفرت آس۔

دُچھنہٕ سیٹہِ پیٹھ آسہٕ بجہٕ جوراہ ناستہِ مُشکماہ کرِتھ ساری سی مجلس اکِہ دلہٕ کڈان تہٕ بیٚیہ لاگان۔۔۔۔ "اۄدہ چھےَ فلائنس زِنِس سیتی وُزے مژ۔۔۔ ۔۔۔ اۄدہ چھ مُفتائِس شُرِین سیتی فساد۔۔۔ " تہٕ راج ناتھن سوٚنچ اندری۔

"وَن بی کیاہ گوٚدہ۔۔ ۔۔۔ کوس چیٖز چھوہ مُکہ ہُنز۔۔۔ ییٚنی ییرہ کھاٗر کڈِو کمہٕ۔۔۔ "

تہٕنٛز کتھ بوزِتھ اوس تس اُسن تہٕ یوان تہٕ وَدُن تہٕ۔

دُچھنہٕ آیہٕ بہتھ بڈٕ وُزھس۔۔۔ "اۄدہ بی تہٕ کُدہ مال کیاہ چھےَ ونان، کُدہ مال ؟ "

"ونہٕ کیاہ بی ؟ " وۄتھس سہٕ چھہٕ خمہٕ نیس سیتی آسہٕ کھیوان گاڑہ بُزہِ بُزہِ، دُنیاہس اُس ہیڈان تہٕ اۄدہ تہٕ وۄدتن کوٚرنس ژیٚتھ لیٚتھ نہٕ بُتھ دِنہٕ لایق روزِ نہٕ۔۔۔ "

اَدٕ میٚ چھےٚ ذٕرٕ ذٕرٕ گژھان بچارِ ہنٛد۔ پانٛژھ ہٕنٛچوِ اُسِتھ تِ گوس کھکھاس ۔"

"ینٛ نٕ تگنٛ۔ نگِ ہس ہےَ لولِ لولِ رٔچھِ ہَنس۔ییٚلہِ رانٛٹس ہِش اگادِ گیٚگھ۔ تِم ژلِہن نٕ زنانٕ ہیٚتھ تِ اَدٕ کیاہ ـــــ"

دوٚیِم زنانٕ گیِٔ دَم پھُٹےٚ ہِش ... ... خبر کیاہ پیوٚ تٔس یاد تہٕ پیٚنٛتھ کھُنٛڈی وُژھ ژٲوی جارٕ سان ـــــ

"ہتہ بی پتٕ باو تم۔ مگر یِہ مٲج بچاژ ہیی چھےَ آسان بانٕ کراجِ بانٕ پھوٚت ژھُنٛن کِنٛتھ، پتھ زن کھیں چھُس نٕ آسان۔ وُچھ بی برٕ ونٛہِہ کنِ ماچھُم، تقصیر ہیی چھُس نوش ہٕنٛچِ رٔسی۔ ہٕنٛچوٗ اَسنہٕ سیٚتی کیاہ گو۔ ہٕنٛچوِ ہیی گژھن پیٚنٛ!"

بیٚیِس بچ ژٕول کھِرٕ تھ کھِرٕ تھ کرِتھ اُسن ییرِ تھ، یُس تمہِ یُژ کالک رٔٹِتھ اوس تھوٚومُت۔

"ژے چھیٖہِ تی وَنِنُ۔ ژے مینِتھا کم تلِ بچ نوشِ سیٚتی۔ ییٚنہٕ تس ہٕنٛچوٗنی ہے وقتس پیٚٹھ، کاژ کریوتھس بچارٕ ـــ"

بُڈیِٕ گیِٔ چھِتہٕ ہِش۔ گلِ ژلو گیٚس تِ وُژھس ـــــ

اَدہ گیہٕ تہٕ گژھن تن۔ میٚہ یوٚت تام نِکہ چھُ، میٚہ چھا پرواے۔"
واآج ناتھس ریٚچھ دِلس گرائے ہشی پۆژھ گھرس منز آبیرپے کتھ۔
ہاکہ والین نِشہٕ، دودہٕ والین نِشہٕ، یارہ بلس بیٹھ —— تہٕ تمی سوٗنچ
—— بیٚیہِ چھنا یمن کہٕنی کتھ؟

ژُچھنہٕ سیٹھ بیٹھ آسی ترٛیہ نفر بہتھ تہٕ ترٛنشوے آسی وزیر۔
دارِ تل آس سُندر مالِ ہش کزاکھ تیراہ۔ تہٕ کرٛیہنہ جارجٹ
پکون منز آس سو نارِ وُزہ مل ہِش باسان۔ نوٚو نوٚو مۍ اُدسُن
کھاندر کوٚرمُت تہٕ ظاہراہ آس "ہنی موٗن" (Honey moon)
مناونہِ کشیرِ ترٛمژ۔ ترٛ کیازِ زِنی موٚنڈاہ ہیوٗ لالہ ادس تس نِشن بہتھ
یس کنٔ سو کِہیری پیری وُپیان آسی۔ مگر لالس آس نہٕ تس
وُچھنس کینہہ فرصت۔ تہٕ کیازِ سُہ ادس بیٚیِہ طرف سوٗکھ بوٗکھ
ژھنتھ اِنسانس یہ زہ نادِ پچھ کوشش کران۔
"توٚہی ما چھوہ میٚہ دہلی منز انڈسٹریز سیکرٹریٹس منز وُچھمت؟"
"اَل بہٕ چھس تتی سپرنٹنڈنٹ۔"
"میٚہ دوٚپ میٚہ مالیٚ غلطی... کیتھ مزہ آو کشیرِ؟"

"مزہ ہیو گٲنی۔ پوٗزٕ ہے کیتھہٕ تہٕ سۄ یَن … پانٔسہٕ تہٕ بے … "

"چھُنا سپدان۔ میٚہ چھُ پانس واریاہ پھیرِ سفرس منز پانٔسہٕ گۄمُت کم۔ مگر یہ وایہٕ کیاہ چھُ۔ تۄہی نیٚوِ میٚہ نِش، پتہٕ سۄزِو میٚہ بمبئی۔ یا گژھہٕ میٚہ پانس تہٕ تۄہہِ نِشہِ یُن چھُ۔"

"کیازِ ؟"

"بیٚیہ … … میٚہ چھُ اِرادہ بمبئی منز کارخانہ ترٲونس۔ تہٕ تتھ کرٕنہٕ چھیم لائسنس وغیرہ ضرورت۔"

تہٕ تمہِ پتہٕ کرٕ تمۍ کنہٕ تلی سُسرہ گُسرہ۔ راج ناتھن بوٗزٕ نہٕ تہٕ کینہہ۔ تہٕ کیازِ سُہ اوس لالہٕ نہٕ کولیہِ وُچھان، یوسہٕ لالہٕ نیو کتھو سیٹھ سیٚخ بور أس گمژ ۔ تمہِ دِژ لالس کھوٗرکل تہٕ دوٚنوٚن بمہ ژکرا وِتھ ——

"ژٔبرٕ رۄزِی نا بیٚیہ کانہہ جلے یمہٕ کتھہٕ خاطرہ۔ کہی تانی، کہی تانی آیہِ دۄن ژۄن دوہن یور تہٕ یتہٕ ترٕہیو تتھ ژبرٕ بزنس شۄکُن۔

تہٕ لالہٕ ووٚتھُس لوہ تہٕ زن تمِس، کارُو بارُک زاوِی جار اوس فکرہ تاران ——

"یہِ چھُ بڈٕ فایدہ مند انسان —— قودرتن سوٗز ——

یِم موقعہ چھا گرِہ یِوان۔ اگر ناوِہ وسہٕ، لچھ زِہ لچھ لارن وُچھان وُچھان۔

سو اُس نہٕ کینہہ بوزان تہٕ سو اُس دارِہ کِنۍ دُور ڈلس تہٕ پہاڑن منز اوٚرِ اوٚرِ تہٕ تمِس ژھ دِل ہکہٕ پیرِتھ تمِس شرٛی ہندی یا گٹھ یُس چھا نچھہ پُرت سبٹھاہ خوش آسہٕ کوٚرمُت۔

"How beautiful scene ?" (کوتاہ خوبصورت نظارِہ چھُ؟)

لالن تہٕ دِژ دارِہ کِنۍ نظر تہٕ بہٕ زِ کرا وِتھ ووٚن تس——

"ہُوںہہ—— کیاہ چھُ اتھ—— گُلہ گُٹ، پہاڑ تہٕ پونۍ—— ژیٛہ چھوٚی تا یہ نہ انھہ وُچھمُت۔ بیٚلہ پونسہٕ آسہٕ، تیٚلہ چھُ سورُوی۔"

تہٕ لالنہٕ کہ کے گیہِ پرہٕ زنہینہ ہش!

بڈ وہمہ سیٹہ پیٹھ اُسی نفر جو راہ بہتھ۔ اکھ اوس جیالہِ ڈھالہٕ کِنۍ شاعر باسان۔ مس اوس پریشان تہٕ خنزِ رہیو داڑ اُسس ڈرمن ہِش تہٕ اُچھن اندی اندی اُسس تراٹ گامتہٕ——

"ژیہ بوزتھاہ میأنی نوٗغزل ؟"

"کیاہ کرہ ہا بوزِتھ۔ تتھ منز چھا کانہہ نوٚو رٚ آسان۔ ہیٚو راتھ چھےٚ چھیٚتر سانہِ گامٕس مُشتھ۔"

"اہنو پتاہ چھم۔ مگر اگر ژٕ میأنی غزل بوزکھ، یقین چھم ہٕژ ایکھ ـــ تصوّر، عشق، جذبات۔"

"کتھو کھیتھ کن!"

گوڈٕ ژٕ کیاہ زانکھ یم زاوُر جار۔ تریٚ وری ترِ گےٚ ژٕ کھاندرس تہٕ سٕری تارہ کرِ ہتھس ناؤلہِ۔ ژوٚ وک مال ہش زنانہٕ کرُتھن صفایہ۔ کاڑہہ چھ لٚتس کوٗرمٕت۔"

"کیا ژہ چھس کاڑ۔ تمِ پیتہٕ وُچھوٗنا دوٚنی ژٕ کیاہ کرکھ؟"

"یہ تھاوِہ ناکھ دولہِ سارِنی۔ کوٚہ دامنس تل سندِہ دُندِس بناوِہ اکھ لوٗکٹ موکٹ ہجراہ ـــ یتھ ژوٚ واپاری پوشہ دٕھرنی آسن۔ ییٚتہٕ پیٚنہٕ بوٗنیرِ آسن گٔتھ کران۔"

بیٚیہ ژٕنٹس کتھ اڈی۔ "تلا ترأو یم دوٚہلہِ خواب وُچھنہٕ۔ ژیہ وأژی وُہرِ ونان یی۔"

"ژیہ چھیہ اٚیز گژھان۔ میہٕ ہا چھوٚی جلدی نیتھر . . . ."

سو چھے ژُو گالنس پیٹھ تیار۔"

بنیس بیوٹھوی نہ — "او . . . "

نیہے چھے کوہ نگر تہحی ہش۔ میہ چھہٕ باسان زن بہ واریاہ

کالہ پیٹھہ تمس پہ اران اوسس۔ دوہے چھ میہ بڑیہ کجن تل

پہ اران آسان تہ میانہ وتہ دُچھان آسان تہ یتھوی بہ برو نہہ

چھس پکان، چھس کھسان وہ شلن تہ نارہ پیاز ہشس چھس

دہ بتمان۔ مگر بہ نا چھس ہیکان کینہہ دُنی بتی۔"

"ژیہ ہشہ کوہ کرہ ییلہ نیور کھینہ ہن تیلہ کیاہ اوس؟"

"نا یوت یوت تانی چھس انان دوہے مگر تس نش وائتی چھس

تیر ہیو گژھان یتہ تھ۔ الھتوی ما ذاتھ ہن سہ ژہ ——

چانہ محلہ ہے روزان چھہٕ— "کوسا؟" ووتھس بیاکھ

"سو ہا چھہ تھز تھز اُنز بنہ گردن کرتھ۔ ناو چھس راجہ۔"

"راجہ ہا راجہ؟" —— تہ تمہ ژھن ٹھاہ ٹھاہ کرتھ اسن۔

تہ بیاکھ نفر گو ہیہ بنگ ہیو۔

"سو ہا چھے بڑیہ کجن تل ٹانگس پہ اران۔ سو چھنا رنز وارہ

ماشٹر باے۔ سو ہا چھے تربن شُرین ہنز ماجہ۔"

تس زن لوٚگ کوہ تینتالہٕ پیٹھ دَب تہٕ زن آو ڈٕلہٕ لاینہٕ —
دوشوٕنی گیہٕ ژھوٚ یہٕ۔

اُتیٚہ مِن دٕون سیٹن پیٹھ اوس اکھ پوٗرہٕ ٹھراہ ہتھ تہٕ زنانہٕ
اُس کلینرس وُتھ والان۔ کلینر اوس یِژھان شُرٕن نِہٕ سیٹہٕ ژھٹنہٕ
تہٕ زنانہٕ اُسس نہٕ مانان۔
"نَبایم ہے میٚہ کوٚٹھین پیٹھ چھہٕ زٕمتی . . . بیٚیہٕ چھہٕ کیتیٚہ یم؟"
کلینرن کرٕ بُڑس ہیوٚ س پتھٕ رس نرہٕ ٹھپ۔ "یُہے یوٗت ہے
بُڈی سیٚنہٕ جاے چھہٕ زٕٹھ . . . تہٕ باقی تہٕ چھہٕ دُنیہٕ کھٹھ ہیوٚ ی"
زنانہٕ لوٚم شُرٕس واپس۔ ژٕیہٕ کنھ فِچے اُہندہٕ اُچھو۔ یم بچارٕ
آیہٕ شگناوٗن تہٕ دُژھ رٕنیٚن کُن — "گوڈٕ نَے ژٕیہٕ چھُوی . . ."
کلینرن ہیٚلہٕ دُچھہ دٕون ہٕ، سہ ژٕول لوٗتوی۔
نٕون اوس کوٗنس ژامُت۔ مُکرٕ گُژ لٹھ قمیضس ژھنتھ وٚ نتھ
سہ تِتھے پاٹھی زن صاحبس نِشہ بیٚشی اُسس۔
"دوٚ نی کُس گناہ کھوٚتُم۔ تینٕ اُسکھ لوٗکن کُن وُچھتھ وُہی تہٕ
دوٚش ترٕاوان۔ یمہٕ ربتہٕ اوسُم بوٗڈھانٕ۔ شوٗنجُم تتھ وٕرِش کدٕ

زڈ . . . تۄہۍ تی کر چھوٚہ نیران پھیران ۔ "

زنانہٕ پھیر دُ ژھُن اسنہٕ موٗ یاہ ۔ " نہ کیاہ تانۍ دُلیل چھے . . . "

تہٕ پیترٕ وٚونُن لہٕ تی رٕ ہنِس کُن ــــ " پیٹھٕ ٹوٚنگ چھہٕ بَنیومُت ۔ "

مردن ترٛاو ووہ ش ــ " تیوٗت کتہٕ چھُم نصیبہ ! "

" تیلہٕ چھے کیاہ تانۍ دلیل ۔ ژٕہ گوکھ نہٕ پیٹھٕ خرچ کرن وول ۔ "

" کہیں نہٕ سائری دُچھُم نیران پھیران ۔ میہٕ دٕپ اسی کراہ ژوٗد ــــ داکھی فورے یم اُچھو ۔ ییٚلہٕ ییٚلہٕ ژٕہ یرٕ ژھ ہمدردی چھُہم ہاوان ، تیٚلی چھُم وسان درٛور ۔ بُوٹس چھوٗی سورُوی پار گوٚلمتُ قمیضہٕ پکو چھوُی نہٕ نالی ۔ شرٕ چھم نلیتھہٕ نُنی تہٕ ژٕہ دراہم سیلن ۔ شوٗبی نا ــ ژٕہ اوٚسکھ دوہے ییتھوٗی دُترہ کھوُر ۔ تمِس ماج ہوٚندٕ لہٕ خبر کیاہ دَنی یم ۔ "

" میٚہ کرٕ میچ نتہٕ مزوٗری ۔ یوٚز باجی کتھ ہتے یکھہ ۔

" ہمے تمِس نتِن لبِن دوزرخ ۔ ییتہٕ چھے تہٕ تتہٕ ۔

" تمہٕ کیاہ گوٚرُوی بچارہٕ ۔ ژٕ یہٕ چھوُی مین باین گندرن ہنٛد نشہٕ تہٕ یہٕ واٛلی تنے قودرت ۔ " زنانہٕ گیہٕ نارو نار ۔

ــــ " میانو بابو کیاہ گوٚرُی ــــ ینُن چھوُی ناکانہہ ! "

تمہ تچھ نرہ۔ کھونہِ اندر اُسس بھتہٕ نٲن تہٕ سوہ آیہ وُگراونہٕ تہٕ پھیر دُبر۔ سورُوی رس پیوس پکون۔ تہٕ ہیرِہ بون گوس رسہٕ سیتی شُران۔ پتھر پتھ آو ڈھکنہٕ مُژراونہٕ تہٕ سورُوی بھتہٕ تہٕ توت توت روغن جوش آو۔ ساڑِسی گاڑِہ ژھکراونہٕ تہٕ دوہ نوے باٲژ لگو اکھ اکس دُچھنہٕ۔

ژیتھ کتہِ اوس نصیبہ۔ اکھ ڈراپیلے یکھ چکرس، بیٚیہ کھیٚکھ جیٚیکھ بختاوار چھہ آسان الگی۔

گاڑِہ منز اُسی ساری تمن کُن آرِہ کتھو اُچھو وُچھان تہٕ شرِہ لو اوس ہوی تمُت۔

گُاڑہٕ واُژ نہرو پارک۔ راجنا تھس اُس یم دٔنگ سیر بُوزہ بُوزی میٚنگہٕ ڈگ وُژھمژ۔ تس آو جیرِہ تہٕ شُہ وٚوتھ یلون۔

گاڑِہ منزہ نیرتھ دوٚتھ تمس سیٖنہٕ پٹھ بار ہیوٚ۔

گگوِہ بلہ تل کرِ تمۍ شُپرنگ شِکاری۔ شِکارن اوس کانی چلے جاوٗ۔ کانی لوکھ اُسی شکارن منز۔ مگر شِکارہ منز بِہتھ باسیو تمس پتھ پان گنوی زوٗن تہِ کیاژہ باقین شِکارن منز اُسی عموماً ژہ ژہ باژر اکھ اکی سندِین خوابن منز راوی متی۔ یتھوی کانہہ شِکاری

اُس پکان، سہٕ اوس جیرٕ بتہٕ سان تتہٕ نظر ترٲوان۔ مگر دۄیمی بۄنٛزہ اوس سونچان — نیتھر گوَ یکھن ہُند گنڈ۔ تہٕ اَتہٕ ہور گوٚ وُڈوُن جاناوار۔ مگر خبر کیازِ باسیو تسَ زن سہٕ یٲنی پانس اوس بٲژہ تاران —

ڈُلکُ آب اوس اَمنہِ پٔٹکی یٲٹھ ناپان۔ ناو اُس گیوَن لہرِ ہِندی یٲٹھ رسہِ رسہِ پکان۔ تہٕ تمِس باسیو زِ زندگی اُس اکھ مۄدُر خواب، یتھ منز تہٕ کھینٛ یزر اوس . . . تہٕ لُکھ اَسی ٹِکر لوکچین لوکچین کتھن پیٹھ متے ہیتھ — تہٕ تمہٕ سۄرُنٛچ —

"میہٕ گوٚر جانی زِ بسہِ منزہ دۄتھس۔ یندی نیرہٕ ہے تہٕ مزراوِ ہے۔"

نشاط وٲتھ باسیو تمِس زِ لُکھ اَسی وۄلسنس آمتی۔ لوکٹ لوکٹ شُری اَسی ینہٕ پونٛپرین ہُندی یٲٹھ نژان۔ تہٕ نوِ نوِ لوکچہِ لوکچہِ نوشرٕ آسہِ ٹِکہ وادِ جبن ہُندی یٲٹھ دوران — نبس نیوُن اۄبرُ سفید نمدان ہُندی یٲٹھ واہراوِتھ تہٕ گاشس رۄونس تہٕ اَتہِ نس رُودِ چھکہِ ہنا۔ لُکن لُجی چھگ۔ شُرِین گیہِ پُلون اَدرِ کھل۔ دُچھان دُچھان گے ساری لُکھ غائب۔ راج

نابتھ رُود ہوٹلس منز۔ تمِس اُس رُودس ستی نیخ ژکھ۔ یہِ چھُ سارِسی چھیرہ والان۔

"خبر کم شکِس لد دٔرایہِ حکیرس تہٕ اوّن نکھہ رُود۔"

رُودہ گھنٹاہ پیٹھ دَرایاو۔ مگر وُنہِ اُسی فیری پیوان۔ راج نابتھ کھوّت ہیّور کُن تہٕ سُہ گوٚ حیران۔ اتہٕ اُسی باڈٕ جوراہ بہیتھ کُلِس ژھایہِ رُود چھاوان۔ تمن گوٚ بہٕ باسی راج نابتھہِ پکنک۔ تمن ستی اوس ٹرانسِسٹر ریڈیو، یُس ماحولس منز دیہہ رسہ ساز اوس دیہراوان۔ زنانہٕ اُسی پلو رُودہ ستی چیرنٕ لایق گامتی۔

"ژہٕ کیاہ مزٕ کوٚرتھ اَز رُود چھاونکھ؟" وُوچھتس مرد اسان اسان۔ زنانہٕ آسہ مزٕھ نئی ... "میہٕ چھُوی رنیگ رنیگ رُود ستی خوش کران۔ یِتھی یِم پھیری ژنس بدنس پیٹھ پیوان رچھ، میہٕ زان چھہ بجلی تارٕ ہش لگان تہٕ رُودہ پھاژ میہٕ بتھس چھہ پوان چھاونہٕ۔ زنانہ وژھہنا لوتہٕ لوتہٕ مند چھان مند چھان۔

"میہٕ چھُہ باسان زن ژہ میہٕ ماے بران چھکھ!"

"ژہٕ چھیہٕ مزٕ ــــ پیتہٕ ہے تپ تیز کھسی، چھُم پیترِن۔ رٹھ یہِ ژھن گوٹ میون ــــ"

"کوٹ — !" تمہِ ژُھنُس اُسُن تہٕ زن آو سارِی سِی زَنانٕ طس موختہٕ ٹُھکراوِنہٕ۔ کوٹ ژُھنِتھ کرِتھ گژھہ یہ!"

"یژھ چھکھ — مُژ۔"

"او میٖر رُدِنہٕ یادی وَنُن۔ تہٕ پتہٕ کھوٚت تس ووشلُن تہٕ اُچھ گٔیس تار کھ ہش۔

"دٔوپُن ژہ چُھکھ مول ... بِنہٕ ... وول۔"

رُون گوس ہے ُبنگہ ہیوٗ۔ زن تہٕ لتس پژِھی اُس یوان! تہٕ تمہِ پتہٕ اوٚس دِو شوری بأژو۔ اوٚس کوتاہ تِمو ... .. پال گرِزِ ...

تہٕ راژ ناتھن سُورُنج — یہ کیاہ ہژ راہ — یِم کیاہ ریچھ کھیچن لوٚکھین کتھن پیٹھ متین ہُنزی پأٹھ اَسان تہٕ سُہ وٚدتھ پوٚت کھوری واپس۔

شام اوٚسُن ہیوٚ تمُت گژُھن۔ تس باسیو زہ سوروٚی کائنات اوس تمُسنزِس کُنزِس پیٹھ اِسان۔ سُہ گو کیٚتھ نازِ ہیوٗ۔ یِیلہِ سُہ ناوِہ وٚدتھ، ژُون اُس پھل ژُندرِ ہش دراژ۔ تہٕ تلو وٚدتھ —

"بڈہ ژیر لوگوٗ تہ ہا!"

تمۍ بوزُوی نہٕ تہٕ ملس ووٚنُن زِہ ناو پکناوُتھ وارہ وارہ۔

ڈل اوس خاموش تہٕ زُونہ گاش اوس باسان زن دودہ ڈُل چھُ۔

کُنہِ اٗسی نہٕ ملخ دوتھان۔ مُنزی مُنزی اٗس سرد ہوا رِنگہِ ہنا تراوان تہٕ راٗج ناتھس باسیو زن تس کانہہ تھوٚپ تھوٚپ دِتھ نِندرِ اوس ساوان!

دوہیہِ ژورِ پھِرِ ووٚنُن ملس زِہ ناو پکناوتہٕ وارہ وارہ ییندلہی کیتھ چھِ پتہٕ۔ مگر تمۍ زن دِیُت گوٚشہ۔ آخر ووٚتھس راٗج ناتھ بُرٕ ژکراوِتھ ــــــ

"دوٚپ مے وارہ وارہ پکناوتن نلہ"

"نہٕ حض یتھ ہے داو تراوی تہٕ ییتھ کور پوشہِ ملنس!"

راٗج ناتھس تووٚر فکرِ زِہ ملن کوٚر بہانہ۔ خبر کیاہ جلدی چھس پانسی۔

"نیا کیاہ تاز دلیل چھِ؟"

تہٕ ملہِ ووٚتھس اتھ ہرشہِ کورہ ہُندی پاٗٹھۍ ووشلان ــــــ

"میٚہ حض چھُ اوترہ اوترے کھاندر کوٚرمُت ــــــ"

تہٕ تمہٕ پتہٕ لوٚم تمۍ رفل تہٕ راج ناتھن تہٕ وٲنس نہٕ کہیں۔
ڈل گیٹہٕ رٹ ملن اُکس بہرہٕ تل ناو تہٕ دوٚن راج ناتھس
زہٕ بوچھ ہا اکھ چایہ پیالہٕ۔
"میہ تراو تہٕ گوڈہٕ تہٕ پتہٕ یہٕ خوش کہی تہٕ کر—"
"نہٕ، میہ کوتاہ وقت لگی تہٕ سہ تراو ڈلی اندر تہٕ راج ناتھ
رود بیٹھ کنوی زوٚن۔ تمس اوس دوٚہی پنن کنہر کھران... ...
تمس آسہ دوٚہچہ کتھہ اکہ اکہ پھیرہ پھیرہ یاد پیوان.... ساری
لوکھ تہٕ تہنزہ لوکچہٕ لوکچہ کتھہ۔
یمیلہٕ ملہٕ واریاہ کالہ تہٕ دراوی نہٕ، راج ناتھن دژ وگوی
زرنہٕ کنہٕ اندر نظر۔ اندرہ آسہ باتھ زہٕ اکھ اکس لولہٕ چشمہ وچھان
تہٕ وژھس زنانہٕ ——
"ژہٕ کیازہٕ چھکھ وتھونیو کھورو ... ... وونی ہے اکھ تہٕ
نوٚی کوتت نیر کھ؟"
"نہبرہٕ کنہٕ ہے یہٕ ملہٕ مشران ہیوٚ پراران آسہم——" تہٕ پی
ونان ودتھ ملہٕ تھوٚد——
راج ناتھس گیہٕ دن ہش تہٕ وگو ترٲوٚن یکدم اتھہٕ منزہ۔

پتھۆوی ملہٕ نبر وُژاو، راجٕ ناتھ وۄتھُس یورٕ ــــ

"تلامیہٕ دِہ تار یتِ تھِی۔ بوٚہ ہا وَسہٕ پیدل۔"

ملہٕ وۄتھُس آیہٕ کیتہٕ بُتھِہ ــــ

"نہٕ حض تہٕ کیتہٕ بنہٕ۔ فیصلہ ہیٚے کھر یار تانٛی چھِہ۔ میہٕ ہیٚے سخ

نوٚقصان گژھِ۔"

"یِم گٕے پوٚرہ پائٕنہ۔ کرٕ ژٕہ آرام ... ... ژٕہ چھکھ دوٚہس

تھوکمت۔"

راجٕ ناتھن وُچھ ژٕہ ملس آیہٕ تہٕ پیٚژھی تہٕ دارہٕ ژُرٕ تہٕ کیٚنہ

اُس تس زنانہٕ خوٚش خوٚش کٔن دِوان۔

پتھۆوی راجٕ ناتھ بلیو وادٕس پیٚٹھ ووت، تمِس باب پیٚنُن

یان یِرہٕ ژھیوٚن ہیوٚ تہٕ تمۍ سوٚرُنُکھ ــــ "آیا یِمہٕ کیتھہٕ آسا لوکچہ

لوکچہ کیتھہٕ؟"

---

# ہٗوچھپٕرٕ تھر

یہ کوہ ہِش زِندگی! ییتھ نہ کُنہِ انٛد چھُہ نہ کُنہِ گوڈ۔ نہٕ ملاہ ترٛود زیُوٹھ ووش۔ ڈُیِ دوہ ہس اُس سوٗ نبتہٕ موہنہٕ ہِش دارہِ پیٹھ بہتھ۔ برٛونٛہِ ہم پاٗٹھی اوسنہٕ دوہ ازتہِ مو کلاٗنی۔ بوہٕ اُسی برِجہِ[له] ہُنزہِ وُڈرہ پیٹھ لُکہ اِدسا تھاہ پکان۔ لُوکھ اُسی جورہ کرِی کرِی ژھایہ ہُلی ژھایہ ہُلی متبن ہُندی پاٗٹھی نژان تہٕ ووٹہٕ تُلان۔ زاں ادس دُرٛوس دُنیاہ وولسنہٕ آمُت تہٕ سوٗ یِ پاٗژ اُس کُنی زُنی۔ سُپیشل وارڈگ یہِ کمرہ باسیوتس یُہے ٹھیٖپ ہیوٗ، ییتھ منز سوٗ ہینہٕ اُس آمژ۔

گاشس اُسی ژھایہِ گتہِ گژھان تہٕ انہٕ گٹہِ منز آسہٕ دُورِ چھ

---

[له] The Ridge Simla

کوٚہ ماگرِ دُہہ داوی ہشہ باسان۔ یُترِ لو تتہِ اُسی ہوٚکھمتی تہٕ زوٚہ زری پینہٕ وُچھتھ پیران۔ ہوا تہٕ اوس بند ہیوٚ۔ نزان سٕر تہٕ نرملایہ ہنٛدی پاٹھو موٗدوٗر اوس گوٚمُت!

زٕہ وٕری اُسی گامتہٕ کلامس پیٚلرٕ سوٚ تہٕ لوٚ پورٕ وپیٹھ اُس آمُت دارِ کنہٕ لاینہٕ۔ موٚہ یِ نہٕ سوٚ کیتھہ۔ تس آسہٕ دوٚ نوٚرے زنگہٕ بُہہتھ گامٕژ تہٕ سوٚ اُس نہٕ تھوٚد وٚتھنہٕ لایق تہٕ رُوزمُت۔

زندگی اُس اکھ گوٚب گرٛینٛڈ ہِش تس نیکین پیٹھ، لوٚہ ساران تس سیٚنہٕ منٛز سوٚ کتھی اوس دوٚہ کوٚسمُت۔

موٚہنی ہنٛزہ کتھ آسہٕ تس اندری تیلان۔ دوٚلہٕ اُس موٚہنی زٕوان ہیتھ تس خبرٕ آمٕژ۔ ازٕ اُس نہٕ سوٚ لوان پرٕزہ ناوٕنے۔ "زنگ کیاہ چھُن کوٚڈمُت نیتھر کرِتھ" — "نیران نیران اوس تمہٕ نرملایہ ہنٛدِ کیٛکل دِیتمُت۔ "دوٚنی کرسہٕ دوٚ تھکھ ژہ تھوٚد؟" پتہٕ اوس دوٚ شوٚرے باتٕژ۔ تس کھوٚران کُن وُچھت دوٚ ش ژٕومُت۔ نرملایہ گوٚ اندری سخ۔ سوٚ رُوز دُورتام موٚہنی ہنٛزٕ پوٚت ژھایہٕ وُچھان۔ تمہٕ سُند سٕر یُتھٕ دی دی پکُن۔ پکون ہنٛز خوٚب نٕ پتس شعرِ تمہٕ نندہ مارنہٕ —— کوتہٕ جوری!

موزُور گژھنہٕ برونٛہہ اوس نِرمِلابہ ترٕ رنگین اَنہرِ بن خوابن باٹہٕ ترٕ زرِیہ سیتئ یُنہٕ ییمِژ۔ پوٚز تِم پن اٚسی اُژھی ترٕ اٚجی۔ زن سارِسی اٚس اُبھر لِجمِژ!

وونی کیاہ اوس تَس زِندگی منٛز رُودمُت باقی ترٕ سارِی عمرٕ اٚس تس برونٛہہ کنی۔ کُنہِ کُنہِ اٚس نہٕ تَس پَژھی یِوان زِ سو کیاہ چھےٚ پُزِی کنہٕ گاٚمِژ موزُور۔ مگر تُوکن کیاہ کرِہے یِم تَس اوٚنگجو ترٕ اشارٕ سیتئ اٚسی ہاوِتھ دِوان۔ خاص کرِتھ یہٕ سِسٹر مریم گوڈّہ گوڈّ اٚس نِرمِلایہ سعہ نژہ ناوِمژ ترٕ وَدِلس کھاٚرِمژ۔ کیتھہِ کاٚژاہ پھیرِ اٚس سو کران، زن دندس تل آیہ کنہٕ گاٚمِژ — کرِچ — کرِچ — کینژھاہ اٚس شکلِ ترٕ تُژ(؟)۔ کینژھاہ ڈکرمُف جوانی ترٕ کینژھاہ تِم پلو ژُھنِتھ کاٚژاہ بے ڈول اٚس سو باسان۔ نِرمِلایہ اٚس تمہٕ سِنز دوٚن اُچھن کِنٛہ نژسِہ ادِشس ہٕ تیٚلہِ رِہیں وونمُت۔ سعہ اٚس تمہٕ سِنزہ تیٚونگل ہِشہ کیتھہِ ژن الِھو سیتئ تُلان۔

سپیشل وارڈکی مریض چھہ دُولی آسونی!

ترٕ یِتھوی نِرمِلا دقتن ہمراہ، سِسٹرِہ اوس تَس یِنٛدی

کوٚڈمُت۔ اتھ دُن نیرُن تہٕ بڈٕ شیران اُس سوٚ نرملایہ ناکہ اُنِتھ ماُنِتھ ترٛوٚسی دِوان۔ "تلہٕ سُہ یم تُل کھور نھوٚو۔"

تہٕ پتہٕ یِتھوُی نرس تِم بے حِس کھور اورہٕ یور ڈُلہٕ دِتھ ووش اُس ترٛاوان، نرملایہ اوس موتہٕ کھوہ تہٕ سخ گژھان۔

ووفی اُس نرملایہ نرُسِہ ہُنزِہ لوٚت ژھایہ کھوژان۔

"واہی یم کھور آسہٕ مِن بہٕ تمہٕ سندی — کھور — یم اکِہ وِزہ، اکِہ وِزِہ کیاہ رات تام نُنزِہ پھُلی ہیوی اُسی۔ ڈھایہ پوش تول پرٛی ہُندی کھور — ماُنزِہ دھرِ بنہٕ ہُندی کھور — ماُنزِہ بھُرِتھ تہٕ از موٗمتی گگر ہیوٚی کھور —

اَنزِ گرٕڈ اوس سورُوی شملہ زن کوٚ چھِہ ہیوٚ تمُت!

آگنس منز اوس اَمل نابُک کُل۔ نِتھ نُنوُی۔ تتھ اوس سورُوی پن چھِپنومُت تہٕ سفید رشین ہِشہ لنجہ آسس نَنےٚ۔ سونٛت کالہِ یِتھوُی سُہ پھولان اوس، خبر کتہٕ آسہٕ سایہ بزِہ نارنگہ رنگہ ژرِہ تہٕ کنجہ تتھ لنجن پیٹھ بِہتھ ہوٚیتی تلان تہٕ شامس یِتھوُی تہُند ینُنہٕ ودل ہرکرِتھ بالن کُن وُڈِتھ اوس گژھان سوٚ اُس تمِن دُور تام وُچھان روزان۔ نرملایہ کاژاہ خوش

اُس تہُنز سو وُپھ۔

پوّز یہِ اُس تمِن دوہن ہُنز کتھ، ییلہِ نِرملایہ اُس سُتھ زِہ سو گزِھ ٹھیک۔

موزُور زِندگی اُس تس دُیھی ژُورہ ییمژ ترازباسیو تس کُلی ترِ وُداسی ترِ نیتھ نُنوُی ـــــ گُنوُی زُون ـــ تس باسیو زِہ ژرہ ترِ کُنجہِ ین ترِ یِر زِنہی دوی۔

اتہِ گیٹ اُس کافی گنے مژ۔ دُورِچہِ سنگرہ باسے یہ تس زان آسہِ یِشی آمژہ۔ زان آنگنسی منز آسہِ۔ ییتہ سو اکھ لانچھ تکھتھ ترِ دائتھ ہیکہِ ہے۔ تمہِ ترۄو زلوُٹھ دوش ـــ دوہے سو ہیکہِ ہے سو دوکھ تلِتھ!

سِسٹر مریم آیہِ ترِ تراوِن بجلی ـــ "ژہ چھکھہ سا صُبحہِ پیٹھہ اُتی کھی وُنہِ۔ تیر ترِ لجی نا اکھ ژھنڈہ منز۔ تلہِ سۂ دوتھ دوہی تھوّد!"

ترِ پیتہ اوّس تمہُ وُکھن منزی۔ نِرملایہ زان لوکُھ لورہ ٹاس تمن مُومژن زنگن ترِ تمہُ دوّنس آرہ کتہِ بتھ ـــــ "تلہِ سۂ یہِ دار کھاو وُنہِ دُژھی۔ میہ نسا ییرہ ترِ وُنہِ نیندر۔"

نرٗسہِ دِیُت نہٕ کُنی تہٕ تمہٕ کرٕ ٹاس کرٕتھ دارٕ بند۔ تہٕ نرملایہ باسیوٚ تس
پینٚہٕ چیٚوٗن کرِتھ پچاتھ۔ تہٕ تس گوٚ پننہٕ موٗزوٗرآسنک سخ احساس
تہٕ کتھ مُشرادنہٕ خاطرہ دوٚن تمہٕ ـــ "یہِ کُس ساچھُ یتھ دوٚمیس
کمرس منز۔ صُبحہٕ پیٹھہٕ ووت اَمس اُنہرارٕ ے کران۔ دِلس چھہٕ گژھان
اَمہِ سنز دگ ترِتھ ـــ"

"ہہ پیٚایہِ ناسمی! دوٗبارہ آیہِ دُنیاہس۔ یا تہٕ وُچھکھ شکلہِ تُرتھ
چھس۔ یوٚہ نگ مُشرادِس۔ ڈاکٹرو دوٚنہس مُشرمارِتھ بچاوِ ون
اُمج۔ مگر تمہٕ مون نہٕ کُنہٕ وتہِ ـــ "میٚہ گژھہ شرٗوی ـــ میٚہ گژھہ
شرٗدی ـــ" تہٕ دژھاہ دم دِتھ وُژھس سوٚ بیٚیہِ ـــ

"یانہٕ مرِتھ کیاہ سنا کرِہ ہے سوٚ سترِس!" نرملا رُوزس پھیری
پھیری وُچھان ـــ "آپریشن کرِتھ بچے یہِ دہ نوٚ ے۔ گلاب پوٚشس
ہیوٚ بنِتھ چھُس زامت۔ دِل چھُ ژوٚرِ نوان ـــ" تہٕ تمہٕ ژھوٚٹ دِیوٚکھ
ووٚش۔ نرٗسہِ اَسی ٹارٕ ادری تہٕ تمن سٔنبن سٔنبن اَچھن منز اَسی
خبر کیتہِ دادی آہتہ ووتلِتھ۔ یم نہٕ ژمہ پیٹھ نُی اَسی۔ نرٗس ڈرایہِ
نگرسوٚ رُوزہِ نرملایہ اَچھن بروٚنہہ کُنی۔ از آیہِ نہٕ تس کُنہٕ وتہِ بندر
تس اَمس سمی پھیری پھیری یاد پیوان۔ تس گوٚ وُژہ وُژہ سوٚ تہٕ

ہےَ دُکھتھ ہیکہ ہے، سہ تہٕ گژھہ ہے تس خبرٕ۔ تمی اُس وُنہٕ تہٕ
چھوکہ لدِ سندی پاُٹھی اُہرارٕ ے کران تہٕ نہٕ ملایہٕ گو شوق امہٕ کھو تہٕ
آسہٕ ہا تس تہٕ کُنہٕ دِگی۔ تس نہٕ اُس کُنہٕ دگ تہٕ نہ دود۔ نہٕ تیرتہٕ نہ
تَپ۔ نہٕ تپہٕ سیتی لشہٕ ہُندی پاُٹھی وَزہ وُن پان نہ وِیرہٕ پنکی پاُٹھی
الہٕ وُن جسم نہ کورہ فاقو سیتی تارِن وُژھمژہ اُچھی ــــــــ
سنہٕ اُچھی یِم دأدی لدس دارے چھ شکیل بناوان تہٕ یس وُچھتی
دِس چھہٕ سر سر گژھان ــــــــ "میأنی تہٕ گیاہ بیمأری !"
بہتھ اُس تہٕ سہ بیمار باسأنی۔ دوٚیی دہ ہس وٚٹھی گأمتس
پلکی پاُٹھی اُکی جایہٕ بہن۔ نہٕ کأنسہٕ سیتی کتھ نہ باتھ۔ تمہٕ کتھہٕ
سونچان گیہٕ تس راتھ۔ بیٚہی بیٚہی اُسولتس موٗل آمتی۔ ازاوس
تس یکُن تہٕ مُشتھ گومُت۔

دُورہٕ دِژ کہ کرن بانگ تہٕ تس اُس نہٕ وُنہٕ تہٕ نِندرٕ یوان۔
شینہٕ ژھٹ اُسِتھ تہٕ باسیو تس زن تس وٕچھس منز نار اوس
دُہان تہٕ نارٕ بر بہہ باسیہٕ تس گیگس تانی، تمبرہٕ آسہٕ ژوٕ اپأری
ژھٹان ــــ
ٹِس ٹِس ٹِس

تس گوٚ تلواس تہٕ تمہِ وِژ ہکہٕ کٔرِتھ تہٕ نٔرسہٕ آیہِ اُچھ ہوٗران۔

"کیاہ سپد زٕ؟"

"کہین نہٕ، میٚہ ہے آو یٔہسے کھوژن ہیوٗ کنہِ زٕنہٕ۔"

نٔرس لٔجِس تعجبی وُچھنہٕ۔ "نہ ساتہٕ ژٕ کیازِ چھکھ یِژھ شُس گامژ۔ ژٕ یہٕ ماچھوی کٕنہٕ دود؟"

نِرملا زٕنہٕ اَس رٲومژ ہِش تہٕ سو وُژھس دٲدی لد ہندی پانٹھی
—— "بو چھسے دوٚن بٔے ڈوٗل باسان۔"

نٔرس گیہٕ ہے بُنگ ہِش۔ اُمِس کیاہ چھہٕ یہِ گومُت۔ یہِ کٔرِتھ کتھ چھہٕ یہِ کران۔ تمِس اُس سو تہہ کھیمٕژ۔ نٔرسہٕ آو عار۔ نِرملا گاژاہ اُس تن بدلیمژ۔ تیلے اُس تس شکلہِ ترٕٹھ۔ وائنہٕ تہٕ آسہٕ ہے یہہے شراہ ستاہ۔ فوٗلوٗنی جوانی۔ یہے ہی لتھرِ ہش، لوٗسہٕ الہٕ لاگنہٕ شروکان اُس۔ نوٗنہ نوٗی آگرہٕ ڈراہ جوٗنی، یتھ گوڈن روٕنہٕ آسن۔ دُپی دوہَس اُس سو اَنکَس ستی کتھہٕ کران مَس شیران تہٕ تتھ نوٗنہ نوٗنہ راپی دِوان۔ دوٚنی اوس تس سوروی ہوٗمت تہٕ ییمن دوٚن وٕری ین منزی اُس نہٕ سو یہِ زٕ ناونے لوان ——

"ژٕ یہٕ کمی وٕ نوٗی۔ ژٕ یہٕ ہیہِ چھے وُنہٕ تہٕ شکلہِ ترٕٹھ۔"

نِرملا اُس خبر کمَن غو طن گاُمژ۔ تمہِ بوزُدوی نہ۔ تَس آیہ بیٚنیہ
اُشہ گنڈ۔ تمُس پیٚنیہِ آسمانہ۔ یہ اُسہِ سوے نِرملا، یوسہ تَس
تیوٚ نگل اُس پلہ ناوان۔"

"یہ کوسے اُسی ژریہٚ از خبرِ آمژ۔؟"

"یہ ہَے اُس میہٚ کالجہ وِہس! اُس کیاہ تیٚسلہِ بڑی —
پرژھان او کُس نہ کانہہ۔ از کیاہ اُس بَھٹس آمژ۔

تمُس وُژھس بمُن گنِدان — "میہٚ کھر سو گوڈہ پیٚھٹے۔
ژھو کس کیاہ چھس ژنی گاُمژ۔ رات شامن دُچھِم رَجہ پیٚھٹ۔
یا نہ دُچھ ہک۔ وتہِ پیٚھٹ تہِ اُس رِنس لاَرِتھ ہش گاَمژ۔
مَتس تہِ اوسُن یہَے ژرِہ اول ہیوٗ بنو مُت۔ کُر کیاہ چھس
نیٚتھہ نُنی اُس یہِ دُپزہ تہِ۔ میہٚ گیہِ شرمہ سٕتی زبن۔"

موہنی وُژھس نس کھاَرِتھ — "تہِ کیازہ گیٔی ژریہٚ زبن
فیشن گژھِیا شوٗبُن تہِ۔ ژہ تہِ زان کرہ ہکھ۔ ژریہٚ شوٗبیہِ۔
موہنی کیاہ چھُ پکو لاگنس موٗلوٗن۔ نُرٹ تہِ چھس شوٗبان۔
بیٚنیہ تہِ کرِتھ یمے چھس دوہ یرہ نکہ پھیرہ نکی۔ یرہ نا۔ ژریہٚ چھوی
اَزر دُن، تتھ کیاہ کرِہ کانہہ!"

"اَزر وُن پیٖہ میانِس تل پٔتِس ـ" تہٕ دَزن دادِہ دٕرایہِ
نٔرِس کتھ اُڈی تہٕ اَوِتھ تہٕ نٔرملایہ پھیوٗر سیٖخ ـ ناحقے اوس تمہٕ
نٔرِسہِ ہنٛد دِل پھٔٹرومُت ـ تہٕ یِ سوٚنچان پییہِ تس نِندٕر ـ صُبحے
ژایہِ دادِہ کِنز تابِنژ پھوٚتی ـ نیرِ وُنہٕ ہرِ دیچھ خوش پُونی تایہ ہناہ
تہٕ تس آو سیٖخ اَلُژ ـ یَلہٕ ٹرنک اوس کوٗنِس منز ہایہِ گومُت
تہٕ تمہِ دوٚپ یَلہٕ تہٕ ادِہ ناتایس ـ یِتھوی نٔرِسہِ ٹرنکس کھٗارٕ
تُل، تس باسیوٚ زن تس ژٔخمن کرٕ دِل وٚوتھ ـ سأرِسی کُٹھس پھہلیو
عطرِ دواہ مُشک ـ نٔرِس اُس اکِہ اکِہ سوٗٹن تاہ مُژران تہٕ
نِرملایہ اوس پرٛانِن کتھن زن گنڈ پِوان مُژریٖنہٕ ـ کالج دوہن
ہٕنز اکھ اکھ کتھ زن اُس لَتس اچھِن تل ـ تمِس وٚوتھ اَندرہ
طلاطُم ـ کمہِ شوقہ تہٕ چاوِہ اوس تمہِ اکھ اکھ سوٗٹ سُہ نووُمُت ـ
دوہے اُس سہٕ نَوٚوی نوٚ سوٗٹ ژٔھنِتھ کالج کھسان ـ یِتھوی
سہٕ تمہِ دوہ ہیرِ نابدی رنگہ سوٗٹ ژٔھنِتھ کالج اُس کھژ ہرش،
راجن اوس پوٚت ژھایہِ وُچھتی وٚونمُت ______

"Queen of Colours" : نٔرِسہِ دِژ یَلون دُونژھ ـ
یَلون منز اُسی کالجکی فوٹو ـ تمِس دَرے یِرٕ تتھ پیٹھ نظری ـ

سو اُس ساڑنی منز یہے کھٹیتھ ہش درامژ تہٕ ساڑی اُسی تس
کُن وُچھان۔ راج ترِ اوس تس تُلی ٹارہ وُچھان۔ تس آیہ نہٕ
یژھی نزہ تِم دوہ کیاہ اُسی یژی۔ موژُور گژھنہ سیتی اوس تس
یاد نُک شرٕہہ تہٕ میچھر چھینومُت تہٕ یتھ جوانی پیٹھ تس اکہ وزہ
نازٕ اوس، اتھ باسے یَس ژھینہٕ گومُت ژونگ ہش۔ یتھ وُنہٕ ترِ
دُہی لمکھ اُسی دوہ ٹھان۔ تس آو اوش۔ ترٕسر یتھوی سُور
رنگہ سوُٹس تاہ مژُر تس گو وُزہ وُنہٕ سہ سوٗٹ لاگس۔ تمس
ژول ہکہ یتھ ــــ "کتھوی چھوی تژیہ سوٗٹ باسان؟" ترس
لجس ٹتھِس وُچھنہٕ۔

اُمس کیاہ چھہ یہ از گومُت۔ یہ کرژھ کتھ چھہ یِم کران ـ"

ترملایہ اوس دارہ یاد یتھوی سو سوٗٹ ژھنتھ اُس اِریچہ
پیٹھ پیٹھ دی دی تھجمژ۔ وَتھ زان اُس شتھ گامژ۔ ترٕ ووٹ
گاڑ، یتھ نہٕ کونڈوی آسہ۔ تمہ وِزہ اُس وہراژ ہندی دوہ!
تہٕ نکی روٗدہ پھیری اُسی ساڑی یِیران تہٕ سو اُس نارہ وُزل
ہش باسیمژ تہٕ یتھوی روٗدٕگوٚبی ہواہن تس پوٹ ہیوٗمس
تھکرٕ دٕ، کوتاہ خوش اوس تس یِوان سہ شیرمن۔ از کرژھ

گژھہے سو تتھ سُوٹس منز، سو ییہ ہے سوٗ تتھ ہش۔ نز ملا گییہ ژھینتھ ہش۔ موزُور زِندگی ہُند بوڈ ساران اُس سو بتھ تتھ پیٹھ ژھلنی گامُت۔

دوہ نی کیاہ ییزہ ہے یتمین کتھن پھیر دِتھ ییتی۔ تس لگو سوٗٹن ہند بوڈ رنگو ییتی ژُکی ہیوی تہ بایسوس زان تہ ساری سُوٹن رنگ اوس چھتیومُت۔ نزیسہ دوٗیُن بییہ تھاو پلون تاہ۔

شامن یتھوی نزس آیہ، تس اوس شراہ کھوتھ، تھنہ دوہ گل ہیو، نیوکھس ژھہ ژھہ دِوان۔

"کہہ ہچھنا یہ گلا کر ہیو۔ وُچھ وُشُن کوتاہ چھُ۔ بزنس تہ چھُنہ ماجہ روٗس دران۔ تہ وُچھ کتھ کُنہ چھُ گنج ہیو وُچھان۔"

"تلہ سا۔" تہ یتھوی نز ملایہ شُر کھوتھ تُل، تس لُجُ وُچھس ہیہ سہ ہش۔ تس گوٚ متھ زِہ سو تھوہ تس پینہ نس انہارس وچھس ییتی ژھہ ژھہ دِتھ۔ تمہ روٗٹ سہ زورہ نالہ متہ تہ بھوٗرنس بتھ ماہو تہ میٹھہ ییتی۔ تس اوس پراژن وُنہ تہ دوہ دہ مُشک یوان۔

"چیں چیں____" براہ بچہ سِندی پاکھ تُل تمی کرِ یکہ ناد۔

"یوُت زورہ کتھ روٗٹ تھن۔ ژھنہ تائہ تس بچارس____

ژُرتلُنس گرژھ ہاؔل آسنہٕ۔ " تہٕ نیوُن ژُر تَس کھوٚنہٕ منزہ کڈِتھ۔ نِرمَلا گیہِ چھِتہٕ ہِش۔۔

"میٚہ ہے چھِ ژٔرِ سخ خوش کران۔ "

"ژُرِ ہَے چھِ میٚتہِ سخ خوش کران۔ سخ آمار اوس میٚتہِ ژُرِن ہُنٛد۔ " نِرمَلایہ ژٔرٹس کتھ اُڈِی۔ "دوٚپ مے ہسہٕ ترٛیٚہ کوٚنہٕ کوٚرُتھ نیتھر ژُنیکتام ؟ "

"یہِ چھا یانس تام۔ خبر کیٚژ مجبوٗری چھِ آسان۔ مجبوٗری نَے آسہِ ہم چانہِ دٕہ کتھ کتھ ژالِہ ہا ... ... پوان ژالنہٕ۔۔ "

نژٕسہِ زان اوس اوٚش ٹارِن پیٚیتھ، لُس زِیر لگنہٕ تَس دارہِ وۄتھ۔

"میانٛی عُمرِ تہٕ رُوزہ دوہ نٛی نیتھر کرِنچ۔ "

نژٕس ژٕنجِ وَدان وَدان تہٕ وۄنُس نہٕ کہیں تہٕ نِرمَلا گیہِ نبتہٕ موہمنہٕ ہِش۔ تَس پھیوٗر نحقَے اَس تمہِ نژٕسہِ سیتی یژھ کتھ کرِمژ۔ تمہِ اوس نہٕ نژٕسہِ ہُنٛد یہِ راٰیِژ غاٰیِژ تہٕ ژھیمت۔ "

وقتن تہٕ اَس نہٕ ہیچھمٕژ نژٕسہِ ہُنٛز اَندرِم زنانہٕ ژھبتہٕ کرِتھ۔ حالاں کہ نژٕسہِ اوس اَندری اَندری وَٹھ گومُت۔ تَس باسییہِ سو سوٗرش ژھیوٗنی نارہ کانگر، یوسہ مجبوٗری پاٹھی اَس کرِمژ۔

ڈٲوِن ہُند دود اوس کُن گومُت۔ یِتھۆی شامس تہٕ سمییہِ۔ اَز

آیہِ دۄ شوٗرے مُژ رٕنہٕ۔

"بۄ ہیٚ چھس دۄ نی یُتہٕ نہٕ آمٕژ۔ ژٕ یہٕ کیاہ چھُوی باسان، گژھا

بۄ ٹھیک؟"

نرُسہِ گیہٕ گلہِ زٕلو ۔۔۔!

"کانٛتیاہ بلے یِہ۔ ژٕ یہٕ کہیٚ چھُوی۔ بُوزُم نوٚو سرجن چھُ یِنہٕ وول

دٕپوہ تمۍ ہندی اتھہٕ بلکھ!"

نِرملایہ اُس آش سوریمٕژ۔ تس اُس پتاہ زِ نرُسن چھِ بُجی تس

تسلاہ دِوان

دٲیمہِ دۄہہ آو نوٚو ڈاکٹر تہٕ نِرملایہ گیہِ بے ستھہٕ ہِش۔ دٕپوہٕ

سو گژھِ بِنیہِ ٹھیک تہٕ ہیکہِ بِنیہِ نیرِتھ پھیرِتھ، تمن شوخ پلون

منز، یِمن منز سو رنگہٕ ژٕرٕ اُس باسان۔ آش ۔۔۔۔۔۔ اکِہ آمہِ

پتنگ سہارٕ!

یِتھۆی ڈاکٹر آو، نِرملایہ دِژھ اُچھن موٗرن۔ نِرملایہ باسیو

ڈاکٹرس منز نوٚو ہیوٗ ۔۔۔۔۔۔ کیاہ تانی عجیبی ۔۔۔۔۔۔ چالہِ ڈالہِ

کِنی اوس سُہ کالج لڑکہٕ ہیوٗ باسان۔ سُہ اوس کٔتھ، ژۄ تری ژۄ تری

کران تہٕ دندہٕ برٕ بو منزٕ کتھ بنیرِ تھ آس اڈٕکجر باسان۔

برٕنزِس اَکِس کتھ کرِتھ تہٕ دِیت تمہٕ نرٕملایہ باس زن تہٕ تمن وُرٕی یَن ہنز نزان آس تہٕ تمٕس سۭتی کتھ کران ژٕلوٗن تہٕ تمہٕ زِ سو آس ڈاکٹرس سۭتی کتھ کران۔ عجیبی پأنیاراہ تہٕ سو لگیٔ تس بتھِس کنوٗی وُچھنہِ۔ تمہٕ ژٕلوٗن تمہٕ سندین شکن ہنٛد وُشنیارٕ۔ تس گوٚنشتھ زِ سو چھےٚ موٗزوٗر۔ تس پیٚیہِ کالج دوہ بیٚیہِ یاد۔ تس گوٚ برٕونتھ زن تہٕ یہِ راأجہٕ تس نِشہِ بیٚیہِ پھیرتھِ اوس آمُت۔ تہٕ یتھوٗی تس ڈاکٹرن اتھہٕ لوگ تس لجٕ ہیےٚ رِیدٕ ہِش۔ سو لجٕ ڈاکٹرٕ سنزٕن آچھن ۔۔۔ کتاہ شکیل اوس سہٕ، راأجنہِ کھو تہٕ تِس لجٕ اندرٕہ دُبرارسے۔

نرٕملایہ برٕ ژھس شرُ سندی پأٹھی ——

"کیاہ سا گژھا بوٚ ٹھیک؟"

"کیا زِہ نہٕ۔ مگر لوٗت بہٕ تیوٗت گژھہِ اورہٕ یور تھپ کرِتھ پھیرنٕچ تھورٕنچ کوٚشش کرٕنی۔ توٚہی ہیہ گژھو جلدی ٹھیک۔"

سو پیٚیہِ آسمانٕہ—"پھیرُن تھورُن—" دُنیکیام اٰسکھ سو ٹھپِس منز "حاوٚمژٕ، یتھ لیہِ تام ترٕ وپرِتھ آسہٕ۔ سو

لجہٕ ڈاکٹرس تٔھتھِس کُنُوی مُدٕعۍ گنڈِتھ دُچھنہٕ۔

ڈاکٹرن تجٕ سو مژھ ٹھپ کرِتھ تہٕ پیٚرہٕ ناوٕن سأرسی کرِس۔ تس دٕراو زٕنگن واش ہیوٚ۔ دارِہ کِنہٕ دِژن نظر اَمِل تاسکِس کلِس بیٹھ اَس جانور یوٗریاہ پچان تہٕ تس لجہٕ زٕنگن سِرارے ہش۔

تہٕ سہ روز زِیرتانی ڈاکٹرہٕ سٔندی سوچان۔ تھوڑٕ تلنہٕ وزِہ اَس تس تمہٕ مژھ زودٕرٕ ٹھپ کرمژ۔ جوان مردہٕ سنز ٹھپ تس اوس ژِھنہ ووٗرمٕت تہٕ تتہٕ تس آسہٕ وٕنہٕ تہٕ تیمبرٕ ووٚتھان۔ تس پھیوٗر تٔھتھِس بٔیہٕ ووٚزٕ عار، زن تس یاد ٲن اوس پھیرِتھ آمُت!

دوٚیمہٕ دوہہٕ کوٚر تمہٕ شرٲن چاوٕہ سان پوٗرن مس۔ شوٗقہٕ لوگٕس سوٗ رمہٕ۔ ٹرنکہٕ منزٕ کڈوٚن سہٕ عنأبی سوٗٹ تہٕ بیٹھ دارِہ بیٹھ دوٗرتانی اَسی یوان بوزنہٕ شملہٕ کِہ پہاڑ تہٕ تمن پیٹھ تمہٕ گنہٕ گنہٕ یارٕ زن ساسہٕ بزٕ جھرینہٕ یأرتھ بٔیریتھ تہٕ کأر نمرتھ کأنسہٕ پٕرازان آسہٕ۔

شکہٕ چھہٕ ونان ڈاکٹر۔ گژھا بوٚ ٹھیک۔ کِنہٕ بوٚ چھس بلی

دِلس تسلاہ دِوان۔"

"وُچھتھ ہے پلنٔے دوہِ وُہرِ ہو وُژھکھ تھوٚد۔ ژِرہ ہے گژھکھ ٹھیک۔" تمہِ رُٹ نرِس نالہِ متہٕ۔

راتس اوس شِینہ غضباتاہ پیومُت تہٕ نرِ ملایہ کوٚر نوش دارِہ پیٹھ بِہِن۔ تہٕ سو گیہٕ دارِہ کِنۍ الاٗئنہِ ہشِ "کوتاہ نوش اوس میٚہ کران اتھہٕ نوٗس شِینس پیٹھ پکُن۔ میٚہ ہاسہٕ چھِہ نوٚو شین پلاشکٕ قاٗلین ہیوٗ باسان تہٕ یہٕ شِینہ ژھٹے، زن کنِن منٛز کیاہ تانی ونان چھِہ۔"

شِین اوس اژِھیوٚن پیوان۔ ونٛٹھِو ونٛٹھِو شِینہ تھوٚسی، نرم پھمب ہِیوی، زاشژِہ سِندی اتھہٕ کھور ہیوی —— تہٕ تمِس پیو سٕمی ہُند شژِ یاد۔

وُشنٕ تھنہِ ڈِلونگ ہیوٗ تہٕ تمِس ژٕوٚل ہکہٕ نیرِ تھہٕ ——

"میٚہ ہے سخ شوخ۔ اکھ شِینہ دو ژاہ تمہٕ اتھس کیتھہٕ۔"

آدِہ بنہِ نا" نرِسہ دیُتس جواب۔

"ژیٚہ چھِہ تھنہٕ زانِہہ یُہے پھمب پھوٚت ہیوٗ شژِ راتس پانس سیتی سووُمت ؟ نزاشژ یِنس پہٕ اژن سفید شِین ہیوٗ دودھ

آسہ لدر تہٕ یُس تیوٗت وُشُن آسہٕ، یتھ پیٹھ گندھکُن تیُج وزہ۔

نرٚسہٕ ژھوٚٹ زِیوٗٹھ وۄش۔

یِنوٗی پرٚژھ نِرملایہ ڈاکٹرس— "میٚنہ لگیا سارِشینہ پیٹھٕ پکُن؟"

"کیازِ نہٕ، ژےٚ کیاہ چھوٗی؟"

نِرملایہ ژیوٗن بیٚنیہٕ تمیٚ ہندِ شِہن ہند وُشنیار۔ اِلِ تاسکِس گلِس اُس شینہ پھوٗلَے لَجمُت۔

سارِسٕی کاژاہ ژھوٚپہٕ اُس۔ سۄ رُوز ژھیتانۍ ہیٚے خوابن منٛز ہِش۔ رٲژِ راتس گوٚ تمِس وُزہ وُزہ پھولُن اَلِ تاسکٕ کلُن اُچھن تل۔ تمِس تیز بیہِ دُبرارے۔ ڈاکٹر کوتاہ نکھہٕ اوس تَس پوٚکمُت۔ سۄ رٲو بیٚنیہ اَنہہِ رِن خوابن منٛز۔

یِنٛی رُت تمہِ نرٚس نالہٕ متہٕ— "بوٚ ہیٚے گژھہ وۄنی ضرور ٹھیکہٕ"

دۄہ ہٕ کھۄتہٕ دۄہ ہٕ اُس نِرملایہ زنگن ہیٚہے حِس ہیٚیوٗ لوان— تَس اُس وۄنی لوٗرہٕ سٕتھ زِہ اکِہ نتہٕ اکِہ دۄہ ہٕ ہیٚکہٕ سۄ نیرِتھ دارِہ پیٹھٕ وُچھِتھ شین کِتھہٕ پاٹھی چھُ پیوان۔

"میٚہ ہیٚے چھُ دِل دنان بوٚ گژھہ ٹھیک۔ یہِ نے ڈاکٹر ییٚرے نتہٕ کوٚت؟ تمہِ ییتہٕ وۄنٛ س تمہِ لوتہٕ—

"ژیرِ کیہے چھُوی باسان اَمِس ڈاکٹرس تہٕ زنِ چھُہ کیاہ تانی
اَندری۔ اَمی ترِ چھُہ ظاہرا میاُنی پاٹھو دِکہٕ کھیومُت۔ یوہے چھُسن
یہٕ دوہے وُچھان یُہے ردومُت ہیوٗ۔"

"یوہ کیاہ وَنہٕ، یوہے چھُس پانہٕ راوان!"

ڈاکٹر بیٹھوٗی آو، سۄ اوس یُہے وۄشلیومُت ہیوٗ تہٕ اَچھن آوسُس
خُمار کھوتمُت تہٕ بیٹھوٗی تمہٕ نرملا تھپ کرِتھ تَجی، لتس لوگ
ٹوٹ ہیوٗ ——

"توہہِ ماسہٕ بیٹھوٗہ تیٚپ؟"

"آسہِ ما، میٚنیتہٕ چھُہ باسان۔ رات ڈراس یوہ ژیرِ تانی رٔشینس
منز مالس (The Mall) پیٹھ ٹہیر نہٕ۔ رٔشینس منز چھُہ ییٚہ
مسخ نوش کران نژن۔ اَندرہٕ چھُہ شٹہلتھ ہش یوان۔ کرِ کیاہ
انسان کُنوٗی زوٗن گھرہٕ تہٕ۔"

تہٕ نرملا تجی لتس پھیرِ پھیرِ وُچھنہٕ۔

نرسہِ وُچھ لتس اوس ۱۰۳ تیٚپ۔ یوٗز تمُس گیہٕ نہٕ گرین تہٕ۔
نرملا وُژھ پانہٕ نیار سانی —— "نرسہ توہہِ چھُوہ نہٕ پنُن کانہہ خیالی۔"
"وۄنی کیاہ تھاوہ خیال، یوان یکان تُر تیٚپ! یہٕ آسہِ

ژھٹ لگجہِ ۔ گژھ پانَے ٹھیک ! "

ژھ دراو بے فِکرہ منزٕ ۔

نِرملایہ آو ڈاکٹر سُند سنٛخ عار۔ "وُچھتہٕ بی۔ دٔوپہٕ نا اُمِس
تِہَے چھہٕ کیاہ تافی اَندری۔ نتہٕ کیازِ کرِہے یِژھ کتھ۔ "

نرسہِ دٔوپُس نہٕ کہیں۔

دٔوپہِ دِہ ہہ اوس نہٕ ڈاکٹر نتوٗی کُنہِ ۔ تہٕ نِرملایہ لجہٕ سنٛخ فِکرِ
خبر دارے پھا ــ ؟ نتہٕ گو نہٕ سہ رُکن وول۔ ڈٔیی دِہ ہس رٕوز
سہ کنڈٕ بن بیٹھی۔ نرس آیہٕ ژٕیری۔

" سہ ہے چھہٕ کوارٹرسی بیٹھ۔ تیہ سیتو اوس لشہ ہٕندی پاگھٹو
دزان۔ تُس چھنہٕ پینہِ پانچو خبری۔ ژٕہ ہے پھکھ پوٗز ونان، اُمِس
ہے چھہٕ خبر کیاہ معاملہٕ۔ نتہٕ کیازِ روزِہے یِہ لوٗت وُدا اُسی۔
یا تہٕ گو ژھ وُچھُن کو ہہ حالت چھہٕ تمُس کوارٹرس منزٕ سارِی چیز
چھس وہرا اُوِتھ تہٕ ٹھُکرا اُوِتھ۔ نہ کُنہِ ڈھنگ نہ کُنہِ وطیرہ۔ تمُس
ہَے پھوٗی دِلس بیٹھ کیاہ تافی۔ کتھ چھنہٕ یِتھ خالی۔ "

"بہ چھس دیان دُنیاہس منزٕ چھنہٕ کہنی خوش ! "

نرس درایہٕ شی ہسپتالہٕ تہٕ گیہٕ سیوٗدی ڈاکٹرس نِش۔

صُبحأیِ ییٚتھوُی سوٚ ڈِپوٹی پیٚٹھ آیہٕ، تَس آسہٕ اُچھ وۄزِجہٕ رۄت دُنِندرِہ سیٚتۍ اُس سوٚ بِمار ہِش باسان۔

بُتھِ چِھ گیٚبنہٕ آسہٕ تَس پھیٚٹِتھ دۄرامٕڑہٕ۔ تہٕ نِرملایہ گوٚ اَندرٕہ کیاہ تانی۔ نٕرس اُس وۄنی پیٚنٕزی پاٹھۍ بڑیمٕژ۔

مگر نٕرسہِ آسۍ نہٕ کُنہِ پٔڑی پیوان — "رات اوس بییہِ لشہِ ہِندی پاٹھۍ دزان۔ میٚہٕ کوٚر جانی' بہٕ رُوزٕس تیٚتۍ۔ تیٚہٕ کرِ زورٕہ سیٚتۍ آسۍ تَس ٹاری تام گوٚ بیمتۍ۔

نِرملا اُس کُنوُی شاہ بوزان۔

"نِندرِہ منٕز ہیوٚتھ تمہِ وۄدُن۔ میٚہٕ تھوٚو مس ڈیکس پیٚٹھ اتھہٕ نِہ وُچھِ تپ کوٚتاہ چھُس تہٕ تمۍ ہیوٚتھ میٚہٕ اتھہٕ موٚرنی تہٕ رۄود خبر کیاہ ونان۔ مگر میٚہٕ زان پیوٚ کنٕن زٕر، میٚہٕ بوٗز نہٕ کہیں — بوٚ گیُس شرمہِ سیٚتۍ گگو۔" تہٕ نٕرس وۄتھلیہٕ۔

"یِم مردٕ ہے چھہِ ساری ییٚتی۔ میٚہٕ ہے اوس گوڈٕ پیٚٹھے زیٚونُت اُمی سِنزِ اَچھن منٕز خبر کیاہ۔ تہٕ صُبحأیِ ییٚتھوُی وۄتھ، تمۍ وۄن میٚہٕ بہٕ نہٕ ساہ ہیٚکے ہوٗرِتھ ژریٚہٕ۔ ژریٚہٕ پوٚوتھ میٚہٕ گھرہ یاد۔ پتہٕ لوٚگ میٚہٕ کُن تیٚتھے پاٹھۍ وُچھنہٕ زِہ میٚہٕ دوٚپ زمینس

گوٚژھ گرٛھن جاہ تہٕ بہٕ وَسہٕ ہاتھن منز۔ کوتاہ شُس چھُہ باسان۔ گوڈٕ کیاہ آسہٕ کھیوان۔ چھُس کُس بچایِس۔ اُمِس ہیٚے چھُہ سہارُک ضرورت ... ... یا تہٕ وُچھہِکھ کمہٕ چشمَو اوس مینہٕ وُچھان۔ نرِملاوُژھس دِل پھُٹِتھ —— " نابے تہٕ یا گوَ وٚنِنے کینٛہہ نٕنٛ یاگھٹو —— "

" امہِ کھوتہٕ کیاہ وَنِہے ... ... بوٚہے ما تراوٕ ووٚنی نوکری یہ تہٕ ہے چھس پھٕچُھر ووٚنی۔"

نرِملایہ لوٚگ یُہے دَب ہیوٗ۔ تس سوٗ تیٖیہِ آش۔ سوٗ اُسن ہیٚرہ ہیٚر ووٚنی ووٚتھنہٕ۔ سوٗ اُس قدم تُلان تہٕ ہیٚکان دارِ تانی گژھِتھ۔ تس پھُٹ دِلی۔ لوٚ یہِ بانٛس اُس زُم گامُژ۔ تتھ کتہِ لگِہے واتھ!

تس باسیوٗ زِ سوٗ گیہٕ بیٚیہِ بیتھ بیتھی۔ تس گیہٕ نُزُسہِ ہنٛز سخ نفرت۔ یمہٕ ڈاکٹرہ سُند اوٚژھ سہارٕ تہٕ تس نِش نیوٗمُت اوس مگر یتھوٗی تمہٕ ینٛزٕ نین کھورَن کنہٕ وُچھ، سوٗ ہیٚے یہِ۔ یتہٕ کیاہ کم اوس زِ ڈاکٹر اوس تس سیٚتی اَسان اَسان کتھ کران۔ تس باسیوٗ ازٕ ینہٕ پان سخ کوٚ ڈول ہانٛٹھ زنانہٕ۔ تمہِ اوس ماز

لوٗمُت تہٕ پان باسیوٚ تس بیاکھ وانگُن ہیوٗ تہٕ بُتھ پھوٚکہ ڈوٗن ہیوٗ۔ تس کھوٚر سوٗرُوی۔ کیاہ وُچھتھ زوٗنی انسان تہٕ تس گیہِ یِمہٕ نرٕسہِ ہُنز نکہت ... ... کأژاہ خوش اُس سہ! وُکین اُس نہٕ سہ وۄتھان کُنہِ۔ زن سہ تہٕ نرٕملایہ بیٚٹھ اسان اُس۔ تمہِ سوٗرنژ اندرۍ۔ ڈاکٹرس سیٚتی کرٕ گژھ یہِ مہربٲنی۔ یہٕ باسہِ تمِس موج ہِش تہٕ تمہِ اوٚس اندرۍ۔

نرٕس وُژھس شرٕ سندی پأٹھی ـــ "نا، تہٕ ژٕ کتھ بیٚٹھ سیھک اسان۔" نرٕملایہ وۄنُس نہٕ کہین۔ نرٕس گیہِ شعوٗر زِ ہِش پرٕژھنس کھوٗزی کھوٗزی لوٗتی ـــ "ژٕ یہِ کیٚہہ چھوٗی باسان، کرٕیا یہِ مینہ سیٚتی نیتھر۔" تہٕ نرٕسہِ پھیر نیٚتھس موٚرژاہ ہِش تہٕ سہ لٔجِ نرٕملایہ وُٹھن کنٛوٗی وُچھنہِ۔ نرٕملایہ گو نرٕسہِ ہُند سٕخ۔ تمُ رُٹ سو نالہٕ مٔتہِ۔

"گوٗمُت تہٕ کیاہ چھس، یہ زن جوأنی چھس آمہٕ تاو لوٗگمُت۔ سہٕ وُچھا کأنسہِ بانس تام تہٕ گیٚنس اُسیتھ تہٕ آیہ نرٕملا ماجہِ ہُندی پأٹھی مژراونہِ۔ یہ تہٕ گیس پیرہ تو تہٕ لگہِ یہے بوٚڈ۔" سہ وُژھس ٹاٹھنیارہ سان ـــ

"تَمے ژٕہ ژٕھن یہِ نابدٕی رنگٕ سوٗٹ میوٗن۔"

"بوٗ کٔرٕ ہی گٔژھہ سُہ ژٕھنِتھ!"

ژٕہ لاگکھ تیا۔ ژٕہ ہے گژھک عہرٕ بجہٕ ہش تہٕ نرٕسہٕ رُٹ نرٕملا نالہِ میتہٕ تہٕ دوشوٗنی لگوٗ ہکو۔ پتہٕ کُن ژاو ڈاکٹر اسان اسان۔ "از کیاہ ڈُلیل چھے۔ از چھہ سِسٹر رمنایہ تہٕ ماز کھوٗتمُت۔ پتہٕ دوٗ تھس سُہ مخولہٕ سان۔" سال ماچھہ کھیوٗن۔ تی آسہٕ کتھ۔ ڈُنکہٕ پیٹھے چھے یُتھ چکہ چیاو۔" نرٕسہٕ وُچھ تس کُن تٔمہ ٹارہ۔ کوتاہ خوش شکل اوس سُہ باسان۔ تمہٕ دوٗنس نہٕ کہیں۔ تس دوٕ زلے یہِ کنہٕ فِترٕ تام تہٕ ڈاکٹر دٔراو بیٚیہ اسان اسان۔

"یہِ چھہ زائنِتھ مائنِتھ مُژراوان، نتہٕ چھناہ پتاہ۔ اُمِس" نرٕس آیہٕ وو سہٕ۔ "کوتاہ چالاک چھہ لاگان یہِ۔" تہٕ اوٗس دوشوٗی۔

نرٕس اُس دوہہ کھوتہٕ دوہہ شُر بنان۔ سو اُس وونی تھٕرہٕ سبنڈٕ لاگان، یِمن پیٹھ نہٕ تس یکنوی اوس تگان۔ تمہٕ آسہ بٕتگرٕ نرہ لاجمٕژ تہٕ نرٕملایہ نِشہ اُسن ساری سوٗٹ یاہہ نِیمِتھ۔ مگر ڈُکر وُنی جوانی منز آسہ تس تم شوخ سوٗٹ یمے کِتھو تام میوٗ گژھان۔ مگر نرٕملایہ دوٗنس نہٕ کہیں، یُتھ نہٕ تس

وٕلہٕ ہِن پھُٹٕ۔

"میٚہ ہے گوٚ گوڈٕ پیٚٹھے اَمی سُندسنی۔ بِجوٚر تھوٗن چھُ کڈان
پانس دوہس — یہ دِمس نٕ بیٚیش کآم دوونی کرنٕ۔"

ڈٕیی دوہس اَس نٕ تس ڈاکٹرنیٚ کیتھ مو کلان۔ بیٚیہِ دوہہ
ترآیہِ تٕرس خوش خوش — "میٚہ ہے تراوٕ نوکری — " اتھس کیتھ
اَسس عنایی یِیرٕ بُنیان۔

"ڈاکٹر ما وُچھتن۔ تس ہے مۄٹھ یِہ بُنیان تھیٖٹرس منز۔ وُچھ
کِژھ چھِ یِہ۔ کُس ییٚر چھُ ضایع گومُت!"

"کیاہ لگی۔ وۄنہس ہے۔ اکھتوی یِیس باسنہٕ ہیٚوٚ تہٕ چون
بہ ہاوے نموٗنٕ۔"

پیٚترٕ ہیٚژھ دوشوی بُنیان مٕژرٕنی۔ تِم اَسِن ہیٚتِمتیٚ مو کلِنہٕ
تہٕ پتیٚ کِنہٕ آو ڈاکٹر۔ سُہ اوس باشِر یومُت ہیٚیوٚ۔

"تۄہہِ ماسہ وُچھوہ میانی بُنیان تھیٹرس منز؟" دوشوی
اوٚس وُٹھن منزی اسُن۔

ڈاکٹر ڈوٚد ونان — "پھیٚمبہِ کھڑ میٚہ ژھانڈان ژھانڈان۔
"نہ ساتیٚژھ کیاہ تھپ چھ سو۔ یِہے چھ بۄہر یاہ ہِشن۔"

نِرملایہ کوٗرِس ہِزِل ۔ ڈاکٹرس کھوٗرسخ یہ وَنُن ۔

"سوٗ نِرٕ سَہ چھَنہ بُنیان ۔ سوٗ چھےَ میانٕی زندگی ۔ آشایہِ ہُنز نِشانٕی ! مایہِ تہٕ مُحبتُک اگُر ۔ تتھ چھُہ اکِس اکِس واٗرِس منز آشایہِ ہِنٛز مُحبّت تہٕ مایہِ بھرٕ مژ تہٕ سوٗ چھےَ میانِس شُرِس ماجہِ بَنن داجینہٕ ۔"

نرٕسہِ گوٚ سَہ اسُن وُٹھن پیٹھی شٖشِتھ تہٕ اتھہٕ منزٕ پیٚیس بُنیان تہٕ ییرٕ ڈِینجہٕ ۔ ڈاکٹرس گوٚ واہ وُسِتھ ۔

"یہٕ کیاہ سَہ کوٗرٕ دُہ تو ہے ۔ دوٚنٕی کُس بُتھ ہاوٕ ہِ لیہ آشایہٕ بِچارہ کمرِ چاوٕ ہ چھن وُونیژ ۔ " سَہ دڑاو کُھتھ تانٕی ہیوٗ گژھتھ بنیان ہیٚتھ نرٕسہِ گوٚ زَم ہیوٗ ۔ یِتھوٚی ڈاکٹر دڑاو سوٗ ییرٕ ڈِینجہٕ تہٕ بُنیان ہیٚتھ نِرملایہِ نِش تُرِس نالہٕ متہٕ تہٕ وُونُس ــ "یہ تہٕ نِے گژھن دوٚنٕی نہٕ نہٕی ٹھیک ! "

---

# وۄنی کہٕنٛز وُچھہ وٲری؟

دارُ جام

وارڈ اوس ملگزار ہیوٗ باسان۔

سارِسی اوس موتُن ہیوٗ پھیوٗرمُت۔ صِرف آٖس مُنزِ مُنزِ

١ سلامہٕنٛز ڈونگہ ٹرارَے خاموشی پھُٹراوان۔ زن دُورِہ ٹراتہٕ مُغل وُنگان

آسی۔

٢ نبہ چاچہ آو وَدان تہٕ پیو درو پھ کرِتھ بیڈس پیٹھ۔

اپارِہ وارڈس منز آٖس تس کوٗر وُفی موٗمُژ۔ نبہ چاچہ اوس تمِس

لارِتھ ہیوٗ۔ تس زن اوس تمیٚ سی منز زُو۔ وَدِی وَدِی آسہٕ تس

اُچھو رتہٕ ٹرانگی ہٕش گامژہ۔ سادِنی گو تمیٚ شُند ذرہ ذرہ تہٕ

سورٕوی وارڈ لوٗگ ودنہٕ ہیوٗ۔ گگہ کھوٗژ تہٕ سہٕ لارِو بسترس پیٹھ

٣

رفنا تہِ گیہٕ کرٕ ھ تانٕ ہٕش۔ سہ گیہٕ نبہٕ چاچس نٕش تہٕ شانس پیٹھ
اتھہٕ تھاوِتھ پرٕ ژھنس ـــــ

"ہٕ سہٕ تہٕ دٕدہٕ منزہ کیاہ ییرٕہ ووفی۔ لو ٹنہٕ ہند کیاہ شوٗنچھوٗ؟"
نبہٕ چاچس لگو وارِے ہِکہٕ ـــ "کورِ ییلہٕ نہٕ سو زِندہ نٕ وٕہ
ہیاگی بنے یہٕ، میٕٹہٕ کیاہ چھم کرُن۔"

سلامن دِژ بڈِہ ہنٹہٕ لوٗگنگہٕ ـــ "نتہٕ کیاہ اوسوٗی ژٕیہٕ ـــ میہٕ
زانیوٗ تیٚلی ییلہٕ ژٕیہٕ سو کور بناوِتھن۔ ژٕہ تراوِہ من نہٕ یہٕ زِندہ۔
پھشِل کٕھ ـــ"

سلامنہٕ کتھہٕ پیو نبہٕ چاچس اندری زبتہٕ ہیوٗ۔ سہٕ لوٗگ وارِے
لبلہٕ کرنہٕ۔

گُلس پھوشہٕ سلامنہٕ سنٕز ژٕہ اُمس کتھہٕ یاٗ کٹھ آو ووندہٕ پتھِس
مرُدٕ یادمس سیتی پرٕ ھ کتھہٕ کرنس۔ مگر سیٹھ رفنایہ گو سلامس
کُن وُچھتھ ذرٕہ ذرٕہ۔ سہٕ اوس دادِ ازِ وارِے پوٗ مُت ـــ
سہ گیہٕ تسِ نٕش تہٕ ڈِکس پیٹھ اتھہٕ تھاوِتھ وٚون نٕس لوتہٕ لوتہٕ
ـــ "سلاما ژٕہ کیازہ چھکھ پیٹہٕ کتھہٕ کران۔ امِ سیتی لگی وارِے
مذرِتھ۔ تہٕ سہٕ کر ووفی نندرِہ کُن ـــ"

سلامن ڈٗوٚلُس نٕہٕ کہیں ... سُہ زن گو یِنہٕ کتھہِ پیٹھ پشیمان
ہیوٗ تہٕ تمٕہ پھیوٚر کلہٕ تہٕ لوٗگ دگہِ سیتۍ سخ وائے وائے کرنہٕ۔
وارڈس منز آسۍ سارنۍ مریضن ہُنٛدِس موٚر تٕھاہ ہِش پھیرمژ۔
تہٕ نٕہٕ چاچن وٚدن اوس سارنۍ وارٕے دلبرا وان ... ... سسٹر
رضایہِ سوٗرِنٛچ اُندرۍ نِہ ووٕ نۍ گوٚرٕٹھ نہ سلام بیٛیہِ کینٛہہ وٚنُن تہٕ
چاچس۔ تمہِ نیوٗو سُہ رَبہ رَبہ تہٕ کتھو وٚن سایڈ رُومس منز۔ وارڈس
گیہِ بیٛیہِ ژھوٕیہ تہٕ مریضو تٕرٛووٗ شاہ ہیوٗ۔
اِنجکشن مِلہٕ ناوان کرٕے یہٕ سسٹر رضایہِ نبہ چاچہ مُشرنٛچ کوٚشش
مگر خیال ڈٗوٚلُس نٕہٕ کُنہِ وتہٕ تہٕ۔ نبہ چاچہ اوس لُس پھیرِ پھیرِ
یاد پیوان۔ گاٚژاہ لَے آس اُمس بوٕ ٹٕنہٕ ہُنز۔ پان اوس ماران اُمی رسی
بیتھ۔ سفید داڑِ کرِتھ باسیوو سُہ تس کرِسمس کارڈک ییٚڑہ ہیوٗ۔

محبتُک بوٚچھ!

سلامن آو تس سخ عار۔ تس اوس دگہِ سیتۍ زُو ژٕلان
نیرِتھ۔ مژہ جوانی منز اوس تس کوٚرمُت کنسر ( Cancer )
تہٕ ووٕ نۍ اوس لس گرٕنجُل گومُت۔ سُہ اوس دوہہ پتہٕ دوہہ اُوری
اُوری گژھان۔ یُوت یُوت تس دود اوس زیٛچھان، تیوٗت

تیوٗت اوس سُہ زیادَے وولان۔ سُہ اوس سارِنٕی سیتؠ ژٕوان
تہٕ تیہِ میٖنان۔ تہٕ سارِنٕی اُس تمِیُ ہنز کھرُ گامٕژ۔ مگر سِسٹر رضنایہ
اُس پتاہ زِہ تَس چھُنہ یہِ پانس تانٕی... سُہ اوس سعہ وکھٕڑ
دگ للہٕ وان پسرہ آمُت... سعہ اُس نہٕ تَس پننیٖ کنہ دِوان
باُسی زِہ سُہ چھُ تیوٗت بیمار مگر یِلہٕ تمُس پنہٕ ہِن ہَن ییہٕ ہے
سُہ اوس نہٕ تَس تہٕ کھیں وُچھان۔ وُنکین تہٕ اوس سُہ دگہٕ سیتؠ
ڈُلہٕ گنڈُی دِوان۔ سِسٹر رضنایہ آو نہٕ تاب تہٕ تمہِ دیُتُس مارفین
تہٕ پاُوتُس نِندٕر۔

ینہٕ نبہ چاچنی بعہ ٹنہٕ مویہ، گلہٕ اوس نہٕ جیسے آمُت۔ سُہ اوس
سخ تھرٕ نیوٗمُت۔ تہٕ اَرٕ کرِتھ بسترس شرُومُت
سِسٹر رضنا اُس نہٕ تَس کیُن وُچھتھ تہِ ہیکان۔ اکھ اڈٕہ تزٕٹ
پوش، تُس واوَن لنجہ بیتھٕ اوس ژٕٹِتھ نیوٗمُت۔ کالج
کھسہ دِنوٗی اوس تَس یہِ دود گومُت نالی تہٕ تُس اوس کالج
پیوٗمُت تہٕ اوٗن۔ شر کوتاہ اوس تَس بیٛیہ کالج کھسنُک ۔۔ سُہ
اوس گرِہ گرِہ سِسٹر رضنایہ عادِہ کاٚتی بُتھہِ پٕژٕھان زِہ سُہ
کر گژِھ بیٛیہ ٹھیک کالج گژھنَن لایق۔ سِسٹر رضنا اُس تَس

گاٹنگہِ کران تہٕ پتہٕ اۄس سو تٔس مٕچھمٕ ٹھیسی کٔن لگان وۄچھنہٕ۔ تٕرٛونٛزٕ ہیُو اۄسِتھ تہِ کوتاہ خوش شکل اوس سُہ۔ کھوسہٕ ٹھٕس پیٹھ اٲسس کنہِ کنہِ جایہِ رِیشم ہِش جتھ "گگر بچہٕ"۔ گمٕس اۄمنس تٕہ وُنہِ تہِ زِہ تٔس کیٚتھ وُلہٕ دود چھُہ۔ مگر سِسٹر رضایہ اٲس پتاہ زِہ یہٕ خونک سرطان (Leukaemia) پادہِ تٔس کنہِ وِزِہ تہِ ژیٚہس منز۔

سادِنی مریضن اۄس وارڈس منز عٔمنی ستھ ہِش۔ تمٕی سٕنز اکھ کتھ اٲس تمن تہٕ کران ینہ ہتھ دواہ کرہن۔ تمی یوت اوس پنُن دود اندری ہیوٚ تمُت۔ ٹھیکہِ اٲس سو اوٚرٕدُر باسان مگر لوکچارے اوس تٔس لوٚگمُت دِلس آمہ تاو تہٕ تنہٕ پیٹھ اوس سُہ کالہٕ تہٕ کاجہِ ہسپتالسی منز آسان۔ دأدی اوس تٔس کیٚتھن پوچھر دِتیمُت تہٕ دِلس لوٚ کرہٕ ہنز دگ پیٚنہٕ ناونک اکھ احساس۔ سِسٹر رضایہ اوس تمی سُند گوڈہ پیٹھے سخ۔ سو زانِ ہے تٔس یُمہٕ بیمارہ برونٛہی۔ تیٚلہِ اٲس سو تمٕی سی اکھِ پوٚ شوٗہ نادان۔ تمِس اوس پتہٕ نیٚیومُت زِہ بیمار پیٚنہٕ وِزِہ اوس تمِس عزہ سعتی نیتھر تیار تہٕ ییتھوی تٔس دود اوس نیٚیومُت کتھ اٲس ژھینٛمہٕ۔ دِلکُ دود گیوٗو اٲسِتی، عزہ ہندی دورہ ‌رن (5)

اوس تس دِل وارے پھٹرو مُت . . . عمبنۍ عز اُس سِسٹر
رضایہ ترِ وُچھمژ۔ یِمن گھرہ بسأوِتھ ترِ اُس سو آمژ عمس خبرہ۔ کاٹراہ
شکیل اُس سو۔ مگر تمۍ یِنزِن اُچھن منز ترِ اوس عمرِ نوۍ ہیبو
سوٗن دود۔

کس چھُنہ یُترِ دود! پرٛتھ کاٗنسہ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگۍ۔ سِسٹر رضا
ترِ کوسہ اُدُ دُر اُس پانہ۔ تمِس اوس یِمن پان لونہٕ دَدُر ہیوٗ باسان۔
یتھ ینبرہ یٔجر ترِ اُندرہ سو سُر آسہ نوٚمُت۔ نبہٕ چاچہ اوس وُنہٕ
ترِ یِتھے پأکھٹی لیلہٕ کران ترِ سِسٹر رضایہ ڈٲجہ اٲسرے۔ تس وسبرا اٚ
اکھ ترِ سر ینجہ پیٹہِ پیٹھ۔ ترِ یِمٹس پیٹھ گیس ہارہ نٔلۍ۔ چھن، چھن،
چھن، چھن!

ساأرسی وارڈس زن آیہ لونلی یٹھاہ!

گگر گو اڈ نیندرِہ ترِ اُیچھ موران ووٚتھ ترِ ہیوٗ ڈِ عمس نِشہ
ڈوٚس پیٹھ۔

"رِکھونہِ؟"
گگس تتۍ نیٚ کِتھی کرِ فی۔

"یہ ہوچھی ترِ ہاچھ یہے ترٛوپہِ میوٗ ہبوان!"

عمن وٚدُنُس نہٕ کہیں۔

"تبہٕ چھا چھنہٕ بوٚ ٹیٚنہٕ تہٕ ہا موکلے یہٕ۔"

"کمہٕ؟"

"وٗنی!"

عمن دِیُت لرہ پھرِن زن تہٕ کہنی بُدٕ کتھ اٗس!

یُتمین دوہن اٗسو کاٗتیاہ موٗدمتہٕ۔ زن کاٗنسہ لٕژ ہچہٕ ستہٕ اٗسی ڈٕوتھ نیمتہٕ!

گگرآو بیٚنہ ببڈس پیٚتھ تہٕ ہیٚرن کلہٕ نلہ ژادر۔ تس اٗس از بیٚنہٕ وأرلنج ژلان نِیرِ دٕ نِیرِ۔ سُہ اوس سخ تہر بومت ہیوٚ۔ زن تمس جوٗلی مُژر رِتھ کھو کھہٕ موّت، اوس خوابِ آمُت۔ سُہ گو بیٚنہٕ عمس نِش تہٕ ہیوٚڈ ٹوٗس پیٚٹھ۔

"تِندرِ چھے نا یِوان، میٚہ نا یِوان پانس!" عمن پرژھس

"راتہٕ بیٚٹھہ ہا چھُہ میٚہ بیٚنہٕ اندرہ کیاہ تام ہیوٗ گرژھان۔ شاہ تہٕ چھُم اندری راوان۔ میٚہ چھُ باسان زِ بہٕ ما پیمہٕ بیٚنہٕ بیمار۔"

عمن وٚدُنُس نہٕ کہیں۔ تمہٕ دِیُت بیاکھ ڈُکہٕ گوّن۔

"ہیتھ ببڈس پیٚٹھ ناگرژھ نہٕ بہٕ زِ نہی ٹھیک۔ یہ ہا بدلاوہ بیڈ۔"

گوہم

"اتھ کیاہ چھُہ؟ ژرہ چھکھ زِیادے وَسوأسی۔" عمن پھرُس نتھ
"یوہ ہیکہ نہ کُیتھہ ڈرِتھ ووفی۔ یمہِ دارِہ کِنہِ چھہ میہ سیوُد
باغس کُن نظر... ... وُچھان چھکھنا بوہ کُس چارآدمِن
یہِ بوہزِین زالنس۔ دِہی ملبکھ وُچھتو تہ سأرِسی دُرمنس نوگ آمہ تاو
یہِ ژھوٹ تہ سوٗر وُچھُن تہِ چھُہ میہ ہأ بتھ ہیوٗ پوان۔"
عمن ترِ دِژ نظر۔ یوہ اوس سأرِسی ژرنہ تہ سوٗر واہرأوِتھ تہ
سینہ منزس اوس شاہ ٹکہ گُل پھہے وَدان ہیوٗ۔ تتھ اوس پَن چھینوٗمُت
تہ ٹھونٹھر أسِس نیٗز دراہتو۔ تہ سُہ اوس پھہے زنڈ ہیوٗ باسان۔
عمس باسیو سُہ پھہے اُڈ جہ کھانکھر ہیوٗ۔ زان یہ اوس سلامہ نیتھ
نئوی تیرہ ہوٗت ووونی۔ تمیٗ دِژ لوتی سلامس کُن نظر۔ سُہ اوس
بسترس بیٹھ نخر ہیوٗ پیومُت تہ تس أسی وچھہ کأنی نیٗز دراہتو۔
پتھوی سُہ آمُت اوس، شاہ گُل اوس زِیلہِ پَنہ بھوٗرتھ۔ پتہ
بَر تترِ أسی تتھ شاہ تُل کنہ دوٗر ہیوی اویزان۔ شاہ تُل یکہ مُدری
ووہ نہ لی ـــــ مانز بھرِتھ یمن رس اوس لڑیان۔ عزہ ہندی وُٹھ
ہیوی تہ تمیٗ ژھوٗٹ زِیوُتھ ووش۔ ہمتین کتھن پھیرُ دِنہ سیتی کیاہ
نیرہ ووفی۔"

گگہ وۄتھس خوابن منز رأوِتھ ہیوٚ۔ "اَکھ بوہ ہیٚس منز پکنس
اوس کُس مزہ یِوان۔ کراپھ۔ کراپھ۔ وُچھ یموٚ کوتاہ سۄر تہٕ
لٔشہ واہرأو۔ دارِ کنی وُچھنس ناچِنہ وۄندہ یِوان۔ یِترِنس ہا چھہ
میٚہ کھوژن یِوان۔ بوٚ گژھہ ہُتھ کۄنس منز۔ ہٕہ بیڈ چھُ خالی۔"
گُلس اوس بُتھس موتُن پیٚیوٚ مُت۔

"توٚت دِمے نہ بوٚ گژھنہٕ سُہ بیڈ چھُ فیٚشِل۔"

تہٕ سلامن تہٕ وۄنُس وُرِنہٕ تلَے ۔۔۔ "گلاُ ٹھیک ہا مچھوٚی ونان۔
کُس اکھاہ وۄتھ امِ پیٚٹھہ اوٚر دوٚر۔ اُمی کھیٚیہ سارَی۔"

سلامس سپتی اُسی نہ عمر تہٕ گُگہ ورتاوان۔ مگر یِژھو کتھو وِزہ
اُسی کنی۔ تہٕ ییٚشورے اُسی موٚلتس کھوژان۔

عِزرہ دَگاہ آو بیٚیہ تہٕ سلامن ہیوٚت کلہٕ نلہ وُژن۔ گگہ گو کیٚتھ
تانی ہیوٚ ... سُہ وۄتھ تہٕ بُوٹھ بیٚیہ عمس نِشہ کُٹس پیٚٹھ۔
"ونَے ہےٚ تژہ اَکھ۔ مگر میٚہ چھُ یُورہ بِہتھ یوٚتانی نہٕ شِین پیٚیہ، بوٚ نا
گژھ نہٕ ہی ٹھیک۔ شِین پیٚیہ، یہِ سۄر تہٕ لٔشہ گژھِہ تل۔ پتہٕ وُچھکھ
تژہ یانَے بوٚ کیٚتھ گژھہ۔ بوٚ نا دَرے پتھ بیڈس پیٚٹھ وۄنی۔"
"تژہ مچھکھ زِیادَے وَسوأسی ... ووٚلہ تژہ تیٚلہِ میانِس

بیڈس پیٹھ۔"

تِمَو بدلاٗوی بیڈ۔ مگر گلہٗ نِس بیڈس پیٹھ بِہتھ آو عمس ترِ یُھے
ہاٗنبتھ ہیو۔ سُہ وۄتھ تھوٗد تہٕ کوٗڈُن سورُوی یان نبر ترٕ زن وٗونُن
پانسی سیتی۔

"کوہ ہارچہ ڈلِتھ... ووہ فی نالگہٕ رِشین پیٹھ نس تاٗر۔ رِشین ہا
چھُہ پکان۔ اُسی گژھو ساری ٹھیک۔"

"رِشین ہا گوٗژھ پیوٗن۔ یہ ہا گژھہ تمہٕ دہ ہہ کالج۔" گلس گیہ
بیٹھہ سۄتھ ہش تہٕ سُہ لوٗگ تمِس سیتی بیٹھہ کتھ کرنہِ۔ عمہ ژُو وُس
ماے لاٗگِتھ بوزان۔ کتھہٕ کاٗژاہ مۄدرہ آسہٕ تس زن بلبُل پچیان آسہ۔
گلہٕ اوس نہ تھکان تہٕ تمہٕ کتھہ کران۔ کالج دہ ہن ہنز کتھہٕ... ...
شُرُ لاٗزی ہُنزہ کتھہ۔ اتہٕ ہارِن خوابن ہنزہ کتھہٕ، چکہ چاد، اُسن
تہٕ گِندُن۔

عمہ اوس تمہٕ کتھہ بُوزِتھ خوابن منز ہیوٗ راوان۔ مگر سلام اوس
کنن تھوٗپ دِوان، زن تمِس اَنزرُن اوس!

سلام کوتاہ اوس تنہ بدلیومُت! عمہ تہٕ سلام اُسی یکہ وٕٹہ آہتی
ہسپتال تہٕ تمہٕ ساعتہ اُسی دۄ نوٗسے سخ بیمار۔ تمہٕ ساعتہ اُسی تم

اکھ اُکس ستھ۔ پتے گوٚ رمٕژ دوٗرِ ۔۔۔ ۔۔۔ ڈلیل گیہِ یہِ زِہ کینژہ
کالہ پتہٕ ہیوتن تٔمہ پھیرٕن۔ تٔمِس آو شاہ واپس تہٕ سُہ دراو مٔنزِ
مٔنزِ وان تانی تہٕ کأم کرنہِ۔ مگر سلام گو دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ پتھ پیٚچھ
تٔمِس تھجہٕ نہٕ دگہٕ تھیٚپی تہٕ سُہ رُود کراۓمنز گرزہ ہندی پأٹھۍ چھوٗرہ
چھوٗرہ کران۔ ہنُو ہنُو نصیبہ!

مگر سلامس آو عمہٕ سیٚخ اَنزرِ دُن۔ زان سُہ عمن زأنتھ مأنِتھ
اوس بیمار پوومت"اُمِس اَس راے دوٚہہ روزہ اوٚر دوٗر۔ کھینہٕ
کیاہ پھیرٕ ماران سِسٹر رضایہٕ ستی"۔ سلام اوس تس کُن پأوی پأوی وَنان
مگر سِسٹر رضایہٕ اوس نہٕ زٕہی رعب آمُت۔ سو اُس ۂشی دوٚن نوٚ
کرٕنہٕ۔ مگر عمنہٕ اُس سِسٹر رضایہٕ سیٚخ شٕر پیٚھ۔ کیاہ تہٕ اُسی تن بیمار
پیٚٹھ تہٕ اوس تٔمہٕ ڈِنہٕ تنتھٕوی شکلہِ، یوسف ہیوٗ۔ کوتاہ اَسہ دُن
تہٕ خوش یوٗن اوس سُہ تیٚلہِ۔ تیٚلہِ کیاہ رات — کالہ کاج کأر تیاہ
دوٚہ گیہِ تِنہٕ — تیٚلہِ اوس تٔمہ دوٚستہٕ نوٗرس ستی کأم کران۔
نوٗرس اوس امیراکدلہٕ بینہٕ پیٚٹھ گوٚس بیٚٹھ وان۔ زنانہ پلوکیٹنس منز
اوس سُہ مشہور۔ عمس اوس تمۍ ہندِہ کھوتہٕ تہٕ اتھہ صاف۔ نوٗرنِس
شوٗہی مُتس پلوس ہمے پھُٹ نیرہ ہے عمہٕ نِس پلوس اُس نہ

ڈیب ترِ ہیجو آسان۔ صُبحہِ پیٹھہ شام تام اوس سُہ کوٹھو تہ کاڑ بلوِتھ
یکو سُعان۔ کلج کورن ہُندی تہ نوین نوشن ہُندی پلو۔ تہ بیٹھوی
وَردن مشینہِ پیٹھ کھاڑِتھ نالس طِلہ اوس چھاوان۔ تمِس آس
عزہ ہنز اُنزنہِ گردن یاد پیوان تہ زنگ برنگی چھیٹن پیٹھ پوشس
وُچھتھ اوس تس عزہ ہوایہ یاد پیوان تہ ژِہ واپاڑی آسس
مشکنہِ اَدفر یوان وَاہرادنہ۔

رشیدہ وُنہی بیٹھوی تمو عزہ درگاہہ وُچھی۔ تمِس آیہ اُچھن ٹکہ۔
عزہ اوس قد کوڈمُت۔ گاہ اُس تمِ اوان۔ تس پیٹھ درسے پیہ نہ تس
نظرِ۔ نورن اوُسس وونمُت۔ کہِ ساعدہ نی تیاڑی۔ مگر عمہ اوس
ناتیار۔ تمِس اُس بیتھہ پاٹھو کاُنی کمائیو۔ مگر کھاندر چھا دچہ داڑہ پاٹھہ۔
پورسہ کرِہ کھاندر تہ۔ تہ انہ عزہ کمہ چھیہ خمہ۔ ییتھہ پیٹھن برو نہین
ارمانن پھٹ نیرہ تہ لُکہ تھوَن دندن تل اونگیچ۔"
کاُم بنہِ تس۔ اتھس منز اوس تس کسب۔ تس اُسی سعہ نہ گژھ۔
شامسی گوسہ ووستس نِش۔
"کھاندرن ہنز چھہ گریکھ تہ کھاندر کامہِ چھہ مسیخ چاڑ۔ چھنا صلاح
بہ کرِہ رووتلہِ کاُم۔"

ووستس توٚر سورٕ وی فکرِ زِ چارٕ کتھ چھےٚ تہٕ وٚوتھس اسان اسان ـــ "تہٕ ہا چھےٚ پوٚز۔ مگر زٕو ترِ ما چھےٚ مارٕن۔ دَرہ کھاہ راۓ تی وُنِندرِس ؟"

عمنؔ ہاٚو جوان جاۓلی ـــ "نہ حفض میہٕ چھا دوہے کرٕن۔ یِم دوہ چھِ آمتی !"

پتہٕ آو نہٕ عمس بوزنَے زِ دوہ کیا آسی ڈوٚل تہٕ رات کیا آسی گیہٕ۔ پھانو دِتھ اوس سُہ گاش پھوٚلنس تام بِکو سوٚان تہٕ زاوِل طِلہ چھاوان۔ سیٚکھ پوٗرہ ناوان۔ شوقس منٕز ژٕلونی نہ تمیٚ زِہ تمس، ماچھِ زِہ قدم پکیتھی شانش کھسان۔ تمیٚ کوٚر نہٕ اور کُن نظرٕ ۔ سُہ اوس غرضس آمت لاینہٕ۔ یوٚتام تمیٚ مٔشین تہٕ ہٲنٛچ چلاوِتھ نوٗرآن نیعد سہٕ ڈاکٹرس۔ سُہ بیوٗد آسمانہٕ۔ سُہ اوس لہ کچارہ یانہ پلیٹھ دِلکٕ دود لہٕوان تہٕ دوہ نی اوٚسس نیٚنومُت۔ ہسپتالہٕ نیرِتھ باسو تس سارٕوی وُڈ دَنہٕ ہیو۔ عزِہ اوٚسکھ کھاندر کوٚرمُت۔ سوٚے عزیزُ بندی خواب تمیٚ وچھِس عسمتی نالہٕ متہٕ رٔٹِتھ آسی تھاۓی ہتی۔ تمِ پتہٕ ووتلیو نہٕ دُبارہ تس اوس سُہ بے بھروٚکھ اُسن مٔشتھ گومُت کاٸم کرِنس اَسی زٕن تس مارنہٕ نوان۔ مگر زِندہ روزنہٕ خاطرہ اُس

کأم ضرورى تہٕ شہٕ اوس زندہ رُوزِتھ۔ یوٗز یہِ اوسہٕ سوٗی عمر ــــ !

صُبحہ پیٹھہٕ شام تانٛی اوس سُہ کوٹھی تہٕ کأر ملوتھ تُوکہٕ ہُنزن نوٗشین کوربن پکو شوان وردان، یم سُہ اکہٕ وزہ عزٕ شوٗرہ ہے۔ تم طلہٕ نال کرِتھ پھِرن پیٹھوٗی سہٕ مشینہٕ کھاران اوس، تس آسہ مشینہٕ ہُنز ہیٚرِن ہتہٕ ہتہٕ پھیرہ سینہ ژومبان تہٕ زِدی پیرِنی کران۔

کأم کرِنس اوس نہٕ تس وُنہٕ تہٕ جورہ۔ یکون اوس سُہ مو کھ کڈان۔ ساڈی کأم آسی تس دوہہ کھوتہٕ دوہہ پوختہٕ نیران۔ نوٗرہ اوس نہٕ کأم رُٹنس پوشان۔ فارم (FORM) کڈنس کُس دراتہٕ ہے تس۔ جِسمک اکھ اکھ CURVE اوس پھٹِتھ کڈان۔ تمِ دوہہ جمیلس مُیٚژ ہیوان گوٗ تمِس پُہہَے کِتہٕ کِتہٕ ہیوٗ۔ اُمسی جمیلس اوس تمُ ازتام ہتہٕ پھیرہ مُیٚژ ہیوٗ تمُت۔ مگر تمُ اوس نہٕ زانہہ اَچھ تُلِتھ تہٕ تس وُچھمُت۔ یوٗزاز ـــــ

گأٹراہ خوٗب صورت باسیہٕ سوٗ تس، برابہٕ تمُ ہُنزہ عزٕ ہِش۔ جمیلن وُٹنس پیٹھہٕ دِتھ ـــــ "اُتھی ہَسہٕ اکھ گرِڑھی نہٕ اکھ ڈوکھ تہٕ روزن ـــ"

عمن چور رِفیتہٕ۔ تہٕ تمِس ژرایہِ اتھن تھرہ تھرہ۔ پھیٹکین

مُیٚژ ہوان یِتھوٕی تَس پھیٚکِن اتھہٕ لوٚگ، تمَس لوٚگ توٚت ہیوٚ۔
جمیلنہِ سوٚ اُنزِنہٕ گردن زن کانٛسہِ طباشیرٕ گرِتھ اَس بناوٕمٕژ۔
جمیلن وۄنُس بُتھ پھیرِتھ —— "بُتھہِ گژھی کافی
TIGHT آسُن۔" تمِس اوس گنڈہ دِپل ہِش سارٕڈھی کلہٕ
پیٹھہٕ ڈٕجمٕژ۔ تہٕ مٕڈرف —— مٕڈرف —— اوس نٕنہٕ پاٹھی

یِوان بوزنہٕ——
کاژاہ خوبصورت آس سوٚ!
تمَس آو دُبارہ ہیوٚ تَس باسیوٚ زن تہٕ تَس اوس خوٗن
گرِکہٕ دِوان تہٕ دۄفٕی یِن تَس نارٕ پھُٹِتھ۔ تمہِ دوہہ آیہِ نہٕ تَس
ژیرتام نِندرٕ۔
یِتھوٕی تمہٕ جمیلن سُوٹ مشینہِ پیٹھ کھور، تمِس گیہِ بدلی حالت۔
پھیرِ پھیرِ آس تَس جمیلہٕ اَچھن برٕ وۄنہٕ کنہِ یِوان۔ طباشیرِ ہِش
پرٕی گردن تہٕ دَزہٕ وُنی پھیکو تہٕ مٕڈرف —— تہٕ سہٕ ژۄد مشین
چلاوان۔ مٕڈرف —— مٕڈرف —— کھرٕ کھرٕ کھرٕ کھرٕ ——
مشین رُوز نےٚ وایہِ پکان! کھرٕ کھرٕ۔ کھرٕ کھرٕ
عماپہِ کِہو گوٚوِ ژیٚر؟

ڈرف۔ ڈرف

سہ لوگ زورہ زورہ مشین چلاونہ۔ کھری کھری کھری —

"یہ کھو خرافات چھکھ سونچان!"

ڈرف۔ ڈرف — کاژاہ شکیل چھ جمیلہ!

یتھوی سوان لس سوٹس اوس اتھ لگان تمس اوس سہ تونت ہیو باسان۔ زن تتھ جمیلہ نہ پانگ وشنیر اوس تورمت —

توبہ کرتھ تہ اوس سہ یمے کتھ سونچان۔

پھمبہ تاکس اس تیمبر پیش تہ اندری اوس الاو تہ جلاو وہان سہ رود تمتی سوٹ سوان۔ پرٹی، کاژری، بٹچہ ہاری، انگوری، رامہ رامہ بدرنی دونہ ہندی رنگ تہ رنگن ہند زول۔ ریتھو ٹایٹ (TIGHT) یم نہ چمٹو سیتی دوتھن حسین ڈایہ پوش تول، یرین ہندی سوٹ۔ انہرکش تہ مانزہ جہرہ نین ہندی سوٹ۔ یمن اتھ لاگنہ تس اندرہ سرسر ہش اس لگان۔ کھری کھری کھری تہ مشینہ ہنز گانگرارے اس تیزان، زن تس ننہ ژرمہ کاتھہ پھرہ واو اوس پیرہ ناوان!

تہٕ تس لۄگ نہٕ پتہٕ ہی زِہ سُہ کر ووت بیٚنہٕ ہسپتال۔ ہسپتال
وأتِتھ اَسو تس زِندہٕ رونٔکۍ تسلاہ گأمٕتۍ... تس اُس خواب
سِتۍ کھرٕ ہش گأمٕژ۔ "بیٚلہٕ رٕزِ غزی اُس زندہ روزنس کیاہ بوو۔ یہٕ
دِلُک دود للہٕ واغُرہٕ" ہسپتالہ چہ لبہ آسہٕ تس کھینہٕ پوان۔ سِسٹر
رضیا پوُت اوس تمۍ شند دود دِژیو نمُت، تمہٕ زن اوس تمۍ شُند دود
واٚلنجہ سِتۍ لوگمُت۔ سہ اُس تس وِزہ وِزہ تسلاہ دِوان۔ یہٕ زِیٹھ تہٕ
ویہٕ وُنی بیمأری اُس نہٕ تمۍ وُنہٕ ژٕینمٕژ۔ تہٕ تمِس اُس مَنہٕ منز بیٚنہٕ زندہ
روزنچ زِتن بیٚمٕژ۔ زندہ ژٕدسی چھہٕ سورُوی ترسہ اوس کنہٕ ہیشہٕ لگان
سِسٹر رضیا وُچھہٕ۔ ساری وارڈچ موج۔ تہٕ تمہٕ اوس تس سِتۍ
شُرہ سندی پأٹھۍ مزہٕ کران۔ لوٚن اوس تمِس بند۔ مگر بیٚلہٕ سہ محٕیسلہ
لاگِہہس، سہ اُس تس ژُورِہ ژھیٚپہٕ لوٚنہٕ ٹکھ تہٕ دِوان۔ اُنزِ منزِ
اُس سِسٹر رضا کامہٕ نشہٕ ہو کٕلِتھ تمِس سِتۍ گھنٹن کتھہٕ کران تہٕ تمِس
اوس مُشتھ گژھان زِہ سُہ چھہٕ بیمار۔ کوتاہ پانیار اوس تمۍ سِنزِن
کتھن منز۔ تمِس اوس نکیومُت زِہ سہ تہٕ اُس مَنہٕ منز خبر کیتۍ دأدی
للوان تہٕ سہ اُس تس پٔننہٕ کھوتہٕ تہٕ زیادہ بیمار باسان۔ تمِس اوس یاد
کُے حال ردومُت تہٕ راتس دوہس بُقسہ نیأمتین تہٕ ودلیأمتین بیمارن

سٟتھ دِل دِتھ اوس تَس تہِ بُھسہ ہیوٗ لوٚگمُت۔ سفید پلون گرایہِ دِوان یِتھوٗی سوٚ پلکان اُس، عُمرس اوس باسان اتھ سفید کفنس تل چھہ سِرٛٹہ ہُنز لاش۔ ترٟنی تُل کترِ ہِشس۔ مگر زِندے ـــــ زِندہ لاش!

تہ اکہِ دوہہ یِتھوٗی عُمرہ درٛاو شاموان اوس تو سِرٛٹِ رمنایہِ ہُندِ غاطرہ اوٚنمُت سوٗٹ سُوِتھ۔ شوٗخ عنٲبی رنگس پیٹھ۔ سوٚ فیچ رمنایہ دِوان وُچھ سہ سلامن تہِ۔ تتھ اُس لوٗنٹھ نیٚنی تہ سلامس آسہ اُچھ پھیٚرِتھ درٛامٕژ۔

سلامن اُس سارِنی رٕشن پارٕسے دِژمٕژ۔ تہ عُمر اوس یُژ کانٛسی رٕشن اُچھ دِیُن لایق تہ رُودمُت۔ مگر وُنہ اوسنس یُژ ہیٚوکمُت رٕہیں ہُومتس کیاہ ماری زٕ!

دوہنی اوس یُژ تس گِنیک تہِ۔ ووٚنُن تہِ ونِژ تن۔ تس کُس رٕٹہِ جاگیر۔ مگر سلامن اوس یہِ زہر گلس تہِ بوٚزمُت۔ گُلن اوس تس اکہِ پھیرہ براژد مژی أسِتھ بُزمُت تہ ـــــ دوہنی کرِسا چھہ غاندر ... ... رمنایہِ سٟتہ۔"

تہ عُمر اوس کوٚل گومُت تہ پتہِ ووٚتھُس لوٚتہِ لوتہِ ـــــ "کھور دِسہ بچارہ طوطہِ۔ تمِس رُود نا بیٚیہ رٕہیں میٚہ رِوٚس ـــــ"

تہٕ سلام وۅتھُس خشمہٕ سان —— " سۅ تہٕ گۅڈٕ تارٕ گاٲمژ تہٕ
ژٕ کتھہٕ چھکھ ژُورٕ ہِتوان اسہِ نِشِس۔ اَسی کیاہ دُشمن چھِیہٕ تہٕ کرِتھ
اسہِ چھا کاژٕ تیمبر۔ نیرِ وانہٕ ہےٚ اسہِ کَتی سُوکھ ڈیتھس۔"

عمس گیہٕ گلہٕ زبو۔ سأری گےٚ کِتھی تانی ہیوی۔ سلام لۅگ بیٚیہِ دکہِ
سیتی مُونی سندی یاٹھی چیٚنیوہ رارے کرنہِ۔ گلہٕ آو تہٕ بیوکھ عمس نِشس تہٕ
عارٕ کِبتہٕ بُتھہِ پرٕ ژھنس ——

"سلامس ہا چھُہٕ سنخ دود۔ یہِ دگ چھنہٕ اَمِس کَتھی تُلان۔ ودٕ نی
گیٚوس پنُن پان اَرسیتھی، یہِ چھُہٕ بنیَن تہٕ دلسر ادان۔"

عمہٕ آدس پانہٕ تہٕ دلسر یوٗمُت۔ تمِس تجُہ نہٕ کیتھی کرِفہِ۔ تمہٕ زدن
سلام تہِ چھُہٕ ودٕ نی اَینزوی۔ وارڈس منز کاتیاہ اَسی موٗہتی....
وارڈس منز ہےٚ اکھ تہِ مرہٕ، وارڈس چھُہٕ اہرٕ ہیو بہان تہٕ سأری
مریض چھِہٕ اکھ اَکس لگان دُچھنہِ زِہ یمہٕ کُہ کھیلہِ منزٕ کُس چھُہٕ
دوہنی کاژِہ تل گژھن۔ عمہٕ کھوژ ہیوٗ۔ مگر عمس گنیےٚ یہِ زِندہ روزنچ
کل زیادے تہٕ تمہٕ دِیت پانی پانس تسلاہ، ییلہِ تمہٕ سندہ کھوہ تہٕ
علیل بیمار تہِ اَسی اَتی دَری دوہ تھان۔ توہ خلکے سہٕ وارہ کارہ
ادس۔ مگر سلامس کُن دُچھتھ لجِہ تس اَچھہٕ تالوس تہٕ سہٕ لوگ ژورہ

نظرو سارنی بیمارن اُنگہِ وَنِو زِہ اما ووٗنی کیسنز وآری چھۓ — تہ
یتھوی سہ پانس بیٹھ اوس واتان، تس اوس ہو کھان ہنیور۔
گگن دِژس زیر — "عم صاب کیاہ سہ چھکھ سونچان؟"
عمن وۆنس نہ کینہہ۔ تہ گگہ گو شوٗد زَد ہیوٗ۔
اردلی کرِ بجلی ژھبتہِ تہ سارِسی پھیوٗر موتُن ہیوٗ۔
نبرِ کنہِ اوس انہِ گٹہ ہند سۆدر ہیوٗ۔ وارڈ اوس دُہی دأوی
ہیوٗ باسان۔ انہِ گٹہ اُس تیژ گنیز زہ اتھہِ سیتھ ہیکہ ہون سأرِتھ۔
عمس باسیو گگہ اوس بیٹہ پتھ پیٹھی گژھان۔ تمِس پھیوٗر سخ —
انہِ گٹس منز تہ ابر عمس گگنہِ سندِ شکل بوزنہ۔
ژھ یتہ رژھ اوس گگرہ پھرانہ دِوان۔ تمیٚ بزوژھس لوتی۔
"گگہ صابا، کہو نِندر چھۓ نا یوان؟"
گگہ وۆتھس کھوٗژی کھوٗژی ہیوٗ — "میہ ہا چھُے یہے دِل ہیو
راوان۔ انہِ گٹس منز چھُ میہ وارے کھوژُن یوان۔"
"ژیہ ہا چھوی زیادے دہم۔" عم وۆتھ کھوٗد تہ تراوُن بجلی
تتھ اُندی اُندی آسہ زلر زاجی۔ گگہ اوس تہر یومت، کھوژمُت
کیٹہ مونگرُ ہیوٗ، تس کاژہ تل آسہ لوگمت۔

"میڑ ہا چھُ باسان بہٕ گژھہ بیٚیہِ بیمار۔ کاژاہ اتھ گٹہ چھہ نیبری کنہِ۔ تہٕ یہِ ہۆرچھ ژھٹ، شین ہنا ہا گژھہ پیٚنہِ۔" سہٕ زن اوس نندرِ منزٕ ووران ــــ

"عمہ صاحبہ بہٕ چھُس دپان، کر تراوِہ میٚہ یہِ بیمأری۔ کُس دوہ آسہِ یِیلہِ بہٕ بیٚیہِ واتہٕ کالج تہٕ ؤچھن جمیلہ ــــ" گٔژھ رووو خوابن منز۔ ــــ "کوس جمیلہ؟"

"سو چھہٕ میٚہ سیتی کالجہِ پران۔ یا تہٕ ؤچھن گاش یِیی!"

تُسند سوزوی اظہار بوزِتھ ؤنُس عمن ــــ "آں بہٕ زانن۔ سو چھہٕ میأنی گرأکہٕ بھلے ــــ" تہٕ تمُس پھیوٗر اندری ؤشنیر ہیوٗ ــــ

"کژھ چھہٕ؟"

"طباشیر ہش، گرِتھ تہٕ ژرِتھ۔ سُنز کرِ ہا سُنز کسر!"

"راتھی ؤچھم وانس پیٹھہٕ ــــ"

"کوتاہ پھیوٗرتس میانہِ دادِیک۔" گٔژھ زن رووو بیٚیہِ خوابن منز۔ سلامن گیٚوٚندنس بڑیڈن ــــ" پھیوٗر مُت آسِس۔ توٗرے پچھے نا دوہ ہے یِوان خبرہ۔"

گُلس لوٗگ ژِلہ بوٗک۔ "یوٗت کوٗت پیہ ہیم۔ تہٕ کرِتھ ژٕریہٕ کیاہ
چھیٚنٹ چھےٚ ــــ"

"اکھتُوی پٕرژھ تہٕ تمہٕ دوٚیہٕ ترٚیٚیہ پھِرہ میہٕ چون وانس پیٚٹھ۔"
عمن رُٹ کتھ تہٕ سلامن ژھُن ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اسُن۔ "پرژھمت
آسہِ نے۔"

"اگر ہا یگاہ پیی یوٗت ہا دٕ پھتس یُن۔"
سلامس آو نہٕ بیٚیہ تاب۔
اُمہ وٕ دوٗن نس تہٕ آیہِ سو۔ "ویچھ کیاہ چھکھ الاندٕ ین تھیہٕ دِوان۔"
گُلس شِٹھبو دِل سلامہ نبو کتھو سیتی۔ تِمن منزٕ اوس زان زہر۔
عمہ وٗتھ تہٕ کرِن بجلی ژھپیہ۔ سارنی گیہ بیٚیہ ژھوپہ۔
دُورِہ اُسی کتہٕ تام ہوُنی وُنگان۔
عمہ رُود ژیرتام لرہِ پھرنی دِوان تہٕ تس باسیو گُلس اُسی
ہکی لگمتی۔ یگاہ پِتھوی عمہ وان پیٚٹھ آو، وارڈس منز اوس ہوُیی
دٕ ٹھمٕت ــــ

گُلس آسہ لارنہٕ گژھان تہٕ سہ اوس ژاسہِ سیتی کھارہ ہنزہ
دمنہٕ ہُندی پاٹھی خمان۔ سِسٹر رمنایہ وٗدن عمس زہ گُلس چھہ

پڑون دود بیٹھ دۄ تلتھ آمُت تہٕ اُمس چھ CRISIS۔ خوٗنہٕ رٚوس بچہٕ نہٕ کینہہ۔

"شہ کتہٕ بنیس خوٗن؟"

سسٹر رعنا تہٕ اُمس انز بانٛبرے مژ ہش۔ تہٕ عمن تراو گگنہٕ کتھاہ تہٕ سہ بیوٗرھ لٕس شاندس پیٹھ تہٕ تمِس باسیو زِ سہ تہٕ پیٹھ بیٹھ بیمار۔

سسٹر رعنا یہ اوّن پوشہ گونداہ تہٕ تھاوُن دَواہ بوتلہ منز گگس شاندس پیٹھ۔ گگن مژرہ اُچھ تہٕ ٹوگ پوشن کُن وُچھنہ . . . . تمِس آسہ اُچھ تارکھ ہشہ زوتان۔

گگن پھیوٗر سارنی۔ سازسی وارڈس نیٚن موتنٕز ژھٹ کڈِتھ۔ سلام تہٕ آو پینٕز وگ للہٕ وان تہٕ تس تہٕ آو اوّش — "یہ بچور ہا گوٚژھ بچنوی۔"

تہٕ پتہٕ کینہٕ گو نبہ چاچہ یہے پادہ ہیوٚ — تمہ دِژ خوشی بوتل تہٕ بیوٗرھ لگس نش تہٕ ٹوگ اتھہ تُلتھ دُعائے خیر منگنہٕ — "وونہ یہ رتھ۔" تہٕ تس آو اوّش۔ سأری اُس تس کُن وُچھان۔

نبہ چاچہ۔ محبتک بوٚچھ!

خوٗنک ڈرپ اوس ٹگِتھ تہٕ خوٗن اوس فیرِ فیرِ پیوان۔

ٹِپ ٹِپ ٹِپ ـــــ

شام تانٛی اوٚسن گُلہٕ ہیوٗ تمُت پھیرمُن۔ تہٕ یتھوٕی تمیٚ اُچھ مُژرٕ نبہٕ چاچہٕ آس الِنہٕ تہٕ ولِنہٕ ــــ "ہِنہٕ گوٚبرٕ اہ ژہ ہاگرٛ ٹھک ٹھیک۔"

سارنٕی مریضن گیہِ وارڈس منٛز سنتھہ ہش تہٕ تم سمیایہٕ گُلس نِش۔ سلامس تہٕ آو شوق تہٕ پرژھن گٔژھس ــــ "کھوٗچھے خبر ــــ"

مگر گُلن پھر کار، تمیٚ ژھنِس نہٕ سیکھ تہٕ۔ سلامس لوٗگ کیلُ۔ سُہ لوٚگ اٗندری وُٹھن منٛز وورنہٕ۔ تہٕ بیلہِ نہٕ گانٛسی پوٗش، وُوکھ عمس کوٗن۔

نبہٕ چاچس آیہِ نا وُنہِ یڈٕ۔ سہ گُو رُخ پرٕی ہش بوٗٹھن تہٕ دوہ نٕی نوٗگ گُلس ہیٚتہٕ یہِ پھیرٕڑیاہ پھیشِل کٹھ!

نبہٕ چاچس پیو زبتہٕ ہیوٗ۔ سُہ وُوکھ کھوٗد، زن تس بچہٕ ٹوٗپھ اٗس لجمٕژ ــــ "میانین اکھن سیچھ نہٕ ہر ــــ" تہٕ سُہ دژاو ہکہٕ دوان دوان وارڈہ منٛزہ۔

خوٗن ڈرپ اوس پکان ــــ ٹِپ ٹِپ ٹِپ ــــ تہٕ شیشہٕ ژھٹہٕ ہنٛز پیٚین اٗس وزان ــــ ہیں پی ہیں ــــ ہیں پی ہیں۔

گلہٕ وُوکھ نزاکھ لدہ سنٛدی پاٹھی ــــ "عمہٕ صابا یہُس کر

پییہٕ شین۔ جمیلس تہٕ کوٗت خوش چھہٕ کران یہ شین!"

تہٕ عمن ڈیُٹھس دِلاسہ۔ "گ  ہ وان آسیہٕ، بہ اَنہٕ نے

سو پانس سیتی پگاہ۔"

سلامس رُود نہٕ بییہٕ پانس تانی۔ "عما کتھ چھُہس ہاوان

یم شاٗلی تار کھہ!"

عمن زن بُوزُی نہٕ، تمیٚ رِشیوٗر گلس وُرُن تہٕ درٛاو وانس پیٹھہٕ۔

شامس بیتھوُی سہٕ پھیوٗر، سارِسی اٰس ژھوپہٕ۔ خوٗنز بوتل

اٰس موٚکلےہٕ مٔژ۔ گلس اوس بجسہٕ نیار کم گوٗمت۔ سارِی مریض آسی

اکھ اَکِس سیتی کتھن سیتی مستے ہیتی۔ صرف اوس سلامہٕ دگہٕ سیتی

پھوٚرہ پھوٚرہ کران۔

تہٕ عمن ووٚن خوش گلس۔ "چاٗنی جمیلہ ہا سمکھے یم۔

تتہٕ آسی یکان۔"

سلامس آو نہٕ بییہٕ تاب۔ "ہتا وُچھ کمی ہنز ن کتھن گوکھ۔

یہ کری ژیٚنہٕ تہٕ یپرہ وُنی ناو۔ میٚہ چھُہٕ ذرہ ذرہ گژھان اٰمِس

رضایہ ہُند۔"

گلن زن بُوزُی نہٕ تہٕ سہٕ ووٚتھ عمس کن ——

زن ہۆ تس بُیوہِٹی۔ "گو یِیہِ جمیلہ یَزی۔ ژے وۆ نتھس ییون۔"
تہِ عمن ڈٲجی کیتھ ــ "از چھہَ یِتھ یِیرہ ترمی۔ بالن آسہِ
رِشین پیومُت۔ از اَنبس رِشین!"

گُمن ترٛوو ووِش ــ "خُدا بُوزِن!"

سلاّمس ژٲجی کیتھ نیرِتھ ــ "یُہُس کیتھ پیٚیہِ رِشین۔ سارِسی
گژِمہ شِنیاہ تہِ دُدوَن۔"

سارِسی گیہِ بیٚیہِ ژھوپہ۔ نبرِ کنہِ اُسی شاہ تُلہ کُلِس پیٹھ
کاوٕ ٹاوٕ ٹاوٕ کران۔

تہِ گلہ تھَریوو    اکھ مٲصُم دوہہِ نُٹرٕ لُس کھوکہِ مُتِس کھوژ مُت
آسہِ۔ موپتھی ژھاے تہِ چھہ یُہے کھوکہِ موٗت ہِش!

بُتھ کنہِ ژاو نبہ چاچہِ کھوژان کھوژان ہوہِ بُتھ کرِتھ تہ گو
سیٚو دُوی گُمُس نِش۔

"مول گوہ دوہ نی ٹھیک ــ یگاہ رُوزی زہ تیار، یگاہ پھوٗی
سِسٹر رضنایہ ہُندِہ سال ــ" ترپتہ وۆنُن عُمس کُن ــ
"وُچھ دژایہِ نا سِسٹر رضنا تہِ مُژی، کھاندرتہِ مے کرُن تہِ
تُسی رُبُودس سِمتی ــ"

خوش خوش دِژ عمن سلامس کُنْ نظر۔ سُہ اوس شوٗد زَرد ہیوٗ باسان۔ گگہ اوس حیران ہیوٗ تمِس وُچھان — عمس موٗٹھ اُسُن گگہ اوس نہ پریکہٕ تلہ ظاہرا وُنہٕ تہٕ دْرامُت۔

نصف راتَن روو گگس بیٛیہٕ شاہ تہٕ سُہ لوٗگ شانْشہٕ سیتھ دمنہٕ۔ سارِی مریض گیہٕ ہوشیار۔ مگر از تُل نہ سلامن پیسہٕ اُنی یا ٹھو وارڈ چکوٗ سیتھ نکھس۔ تمہٕ تہٕ زِن اُس ہیٛچھمٕ دگ ژالنہٕ۔ سُہ رُود گگسی کُنْ وُچھان۔ بٕرنزہ بٕرنزہ اُس گگس حالت خراب گژھان۔ سلامس آو نہٕ قراری۔ سُہ گو تمِس نِش تہٕ پرٛژھنس۔

"کیہو چھوی ژیہٕ باسان گگن ؟"

"گژھہ ہا ٹھیک پانے !"

مگر سلامس بیوٗ کٹی نہ۔ تمہٕ دِژ گگس کُنْ نظر۔ سُہ اوس شاہہ خاطرہ کھمان ہیوٗ تہٕ تمہٕ وٛون پانَسی سیتھ — "یہِ نا گوژھہ زٕ شیتک طماہ ہیٛتھی گژھن !"

عمس تہٕ وُژھ تھر کُنڈس تانی تیر۔ تہٕ دوہ نوٚے گگی الکہ اکِس کُنْ وُچھنہٕ۔ عمہ تہٕ اوس نہ از سُہ عمہ !

راتہ کرِیل بجہٕ ریاہ ژایہٕ تہٕ گگی سارِسی وارڈس زِن بجت ہیوٗ

کرٕ نہٕ —

گاش پھولُنۍ وۄتھ عمرٕ تہٕ مُژرأوِن دأر تہٕ وۄنُن خوش
خوش گُلس —

" بوز ہا خدا ین شیشہٕ پیٹھ ہا چھےٚ لگتھ ۔ راتس چھےٚ شیشہٕ انبار
سَمیومُت — تہٕ رژہ ہا دَم دِتھ وۄتھس بیٚیہِ —

"سورُوی سُور تہٕ لرژھ ہا چھےٚ تل گاٚمُت ۔"

گُلن پھِر ناوِ اُچھ تہٕ زن کھأرِن کھورٕ بلبھٕ بلبھٕ کٔتھ —

"تلامیٚہ تہٕ رِیتہٕ دارِ تل —"

گُلن کرے یہٕ تھوٚد وۄنچھ کوٚشِش تہٕ تس آد ونارہ ہیوٚ ۔
عُمن سود سہٕ بیٚیہِ ۔ " ماکر ووٚنی ووٚپھُٹ ووٚٹھُ سنبھال دَم ۔
پیتہٕ چھُوی دوٚہے وُچھنوی وُچھن ۔"

" ووٚنی ہاگژھ بوٚ پلنے ٹھیک ۔ از یمہٕ بہٕ بیٚیہِ ینہٕ نِسی بیدٕ ٹس
پلیٹھ ۔ یتھ بوٚ وُچھہِ شین پیوان تھو سپو تھوو سپو ۔ از گژھ آسنہٕ
جمیکہ یتہٕ !"

گُلس اُس کتھ کرنہٕ سیتہٕ ووٚنی شانش کھسان ۔ تہٕ اُتھو
منز پھیوٚرس سوہ سینار ۔

عمن دِژ دارِہ کیٚن نظر تہ وٚنُھس ہِکہ ـــ "گلا آمِی ہا جمیلہ۔ نِوہ پاٹیک سوٗٹھ لاگِتھ۔ وُچھ کِتھہ کیٚنٛہ چھہ رسہ رسہ پکان!"

"آہنٛو! تلامیٛنہ نِہ دارِہ تل ـــ" عمن دِیُت گوٚش تہٕ رُود دارِہ کِنہٕ وُچھان۔

"وُنہِ ہیا چھہ شُرہ۔ وُچھ کِتھہ کیٚنٛہ چھہ شیٖنس گِندان۔ ژِہ ہا چھکھ نصیبہ وول ـــ"

گلن تجایہِ کاٗر ہتھ نٛد۔ تس پیوٚ بییہِ دورہ۔ تہٕ آوٗ ٹاس کرِتھ لاینہٕ۔

عمن لوگ تس اتھہٕ۔ گلہ اوس شِشھیومُت۔

سلام وٚنُتھ ہِکہ "گلاہ!" تہ لوٚگ شُرہ ہندی پاٹھہٕ وَدنہٕ ـــ سارِنی بیمارن گو دَم ہیوٗ۔ تہٕ تِم لگٕ اکھ اَکِس کیٚن وُچھنہٕ۔ زن ژھاندان اَسہٕ زِہ ووہ نی کُسنہٕ چھیہ داۓرہی؟

تہٕ سلامہ اوس دارِہ نیبر وُچھان۔ یتہٕ دوٗرتانی سوٗر تہٕ لژھ اَس ڈیٚہر ہتھ۔ تہٕ منز باگ اوس شاہ تل کُل یُہے ژنٛڈ ہیوٗ باسان!

سلامن وٚنٛن ـــ شِہن منزی ــــــــــــــــــــ خُدایا ووہ نی کر پییہٕ شین!

# پنُن باژ

شامس واژ لاری ژِیری پہَن گام تہ یتھُوی اڈہ پیٹھ غفار
دسہ رسہ ہیٚوتن گھرہ کُن پکُن۔ تس باسیوو گامس اوس نہ تینز
رکھیں بدلیوومُت۔ نزن سہ یا اتھ اوس گھرہ دراؤمُت . . . اَمی
دتِہ اوس سہ ہُشیہ ربت برو نہہ ماجہ مرتہ پتہ گوبہ دِلہ پنجاب دراؤمُت
مگر نیبرِ تِہ اوس تس زُد گھرہ کُنُوی۔ وویہ گھرہ تِہ چھا نزا نہہ پنُن
گھرہ بنان!

یتھُوی سہ ہیٚرِ لُورِ تھکہ بوہ نہ تل ووت، تس لجِ سینس سِر
ہِش۔ شیٚہ ربتہ برونٹھ اُس تمی تہ جبل یتہ تھا وُچھمُت۔ جبل یوسہ
ہر دس منز تِہ پہوچھمُت ہی بتھرِ ہِش اُس باسان، بے فکر تہ مس!
غفارس اُس سو نیبرہ تِہ اُچھن تلی روزمُت۔ پھیرن نالہ منزہ اوس

تس وَچھ نُنوُی۔ سہ اُس بے خبری منز غفارس نِش پُچھِن تہٕ بس۔ کتھ کرنکُ چھُنہٕ سوالِی۔ تمہِ اوس نہٕ اُچھی تِلتھ تہٕ غفارس کُن وُچھمُت مگر غفارس اوس باسیومُت زِ سہ اُس وۄشلیمُت۔ کتھ اُس پیٚیمٕژ! غفارس اوس کالکُ بھتہ یاد تہٕ شیُن ریتن اُس حبلہ غفارس اُچھن ہنز نِندر ژُورِ نیمٕژ۔ تس اُس سہ کارتیکُو ژُوان ہِش باسے مژ۔ ژُوان ـــ نہٕ ژُوان تہٕ کیاہ لوہ تس نِش۔ ژُوٕ نہٕ چھُہ آسان کاژہ گومُت ـــ

حبل اُس داگن پوش!

داگن پوش!!

داگن پوش!!!

بوٕ نہٕ اوس سُنو گلِس یٕپ ہیوٗ آمُت تہٕ گیتھ اُس آبس تمی دٔ ہکی پأکٹی چھو کہ ناوان۔ شور شور شور ... شورشور شور۔

دُورِہ آرہ ڈُندی اوس سُنز گرینٹہ پھیری پھیری چرخ دِوان۔

ہری پھکھ ہری پھکھ۔ ہری پھکھ

تِھقَے پأکٹی تمی دٔ ہکی پأکٹی ـــ پیٚلِہ سہٕ پنجاب اوس دراُمت تہٕ ہیٚرہ پورِہ اُسن حبل وُچھمٕژ۔

سُہ وۄتھ بُسنہٕ گُلِس منز۔ ترُن آب ییتھوُی تس گوڈن پیوٚ، تس
پیو اَندری شہجار ہیوُ۔ تمُ تُتجٕ آب دوٕ ژھاہ تہٕ چھوٚلُن بُتھ۔ تمِس
گو سورُوی تھکُن مُشتھ۔ صدرہ چندس دِژن موٚ ٹھ، روپیہ آسہ
یوٚد کرِتھ وارہ پانٛژھ۔ سیتھ ہیتھ روپیہ ۔۔۔ روپیہ ۔۔۔ یمن ہردِزہ
غفارس گمُن ہنز مُشک اُس یوان۔

سُہ بیوٚٹھ بلس اکس پیٹھ تہٕ کھور تھوُن آبسی منز۔ از شونگرِ
سہٕ ژُھرِس گھرس منز کنوُی زوٚن۔ یِنُن گھرہ وانٛتھ تہٕ اوس نٕہ تس
تتہِ کینٛہ یِنُن پراران۔ یُس تس واتہِ دُنوُی گرم آب کھور چھلہِ ہے
تہٕ پتہٕ دِیہ ہس نرم نرم اتھو سیتی موٚ ٹھ۔

شُہ شُہ۔ شہ۔ سیں۔ گوُں!

آپہٕ اکھ ژلہ دُنہٕ گُتھ گیہِ تس کھورہ تُلہِ نیرِتھ تہٕ تمہ کھینیہ دوٚ ٹھ
ہش۔ شُہ ۔۔۔ شہ ۔۔۔ سائی ۔۔۔ گیُں ۔۔۔

یِنُن بانٛز ۔۔۔ دُشنہٕ اتھہ تہٕ مس رُمن ہند شہجار!

یِنُن بانٛز!!

پوٚز نیتھر کرُنس گژھن کرن وانٛلی آسنہٕ۔ ہمدرد آسنہٕ!
تہٕ غفارس اوس نہٕ پتہٕ کانہہ تہٕ نہٕ بروٚنہہ۔ نیتھر چھا دِچہ وارِہ پانٛژھ

بیٛنیہٕ تہٕ حبلہِ ہسپتی!

یِتھوُی سُہ پلہ بیٚہتھ تھوٚد ووٚتھ، تس باسیو بێنہٕ یان سیٚنہٕ تھوٚ کہٕ مُت

تمِس پھیوٗر سیٚنہٕ۔ ناحقے اوس سُہ گھرہ توٚرمُت۔ ہتا چھُکھ ہیٚیے

بہہتھ وارہ کارہ کھیوان چیوان، کتھ اوٚے وُچھتھ۔ کہنٛدِہ خاطرہ

تہٕ کوٚت!

گھرہ وائتھ گو سُہ کُنہٕ نزوٚن کیٚتھ تام ہیوٗ۔ تہٕ پیوٚ نزدیٖ موٚنڈاہ

ہیوٗ وُگِس پیٚٹھی۔ لرہ پیٚلہِ نہٕ بێنہٕ باژہ آسہٕ لُسُن تہٕ مرُن چھُہ

برابری!

صُبحس ووٚتھ سُہ ژیری نندرہ۔ زیٚنک زُود اوس

پیوان تہٕ وائی ہیٚتو کھاہوٚ بیٚہتھ اَس میٚژہ مُشک سارسی پھہلیمژ۔

بھتس تہٕ روٚٹ تمہٕ ژیتی۔ تِمو اُسی کانز لاگتھ گرن زنمتی۔ یتہ کھیتھ

کھوٚت تمِس ہیتھ ہیوٗ۔ تمہٕ دِژھ قمیض شاند تہٕ پیو۔ دوہ اوس لوسمُت۔

پیٚلہِ سُہ موٚختہ دیٚدِہ وُزہ نوو ــــ " ژہ ہا چھکھ کھرہ سندی پاٹھی

شوٚنگان۔ یمیٚژھ تہٕ کیاہ نندر۔ ژیہ سینوی نا وُگوُ تہٕ۔ "

موٚختہ دیٚدِہ ہنزِ کتھہٕ منز آو تس ماجہ ہُند ٹاٹھنیار بوزنہٕ۔

ہتے پیٚلہِ وُگو سنہٕ لوٚگ، کوٚر تیٚلہِ کار ـــــــــــــ خوٗن چھُہ

پھٹان پأنس زینان۔"

"گوٚڈسہ وأرِچھے بھٕرِتھی۔ دوٚپہٕ ہا کوٚت تام روزکھ لنڈٕ ورٕے وَنہم ہیٚے تہٕ پو کرٕے کتھ باتھ عمر چاچہٕ نہٕ حبلہٕ سِتی۔"

غفارن کھیینہٕ دوہ ڈٕ ہش۔ تس گیہٕ حبل اُچھن برونٛہہ کنہٕ یأدہ تہٕ سُہ وُنُٕ تھس چاأرِ ہندی پأٹھۍ — "کوٚسے حبل؟"

"یہے ہا ہیرہ پور چو۔ زن نہ زانہ مَن!"

تہٕ غفار دوہ شلبو انہرشہٕ کورہ ہندی پأٹھۍ —

زن نہ زُوٚن مأجہٕ زُوٚن زانکھ — دوہ لاگُس ڈوٚل ما لاگ!"

تہٕ غفار وُٚتھس بے مأرٕے۔ "ہیتے تیتی پأنسہ کتہٕ اہٕ۔ وُچھو برونٛہہ پاہن۔" موٚنت دیدہٕ اوٚس وُڈھو منزٕ — "گرمس مأل تہٕ ژوٚڈ ہیتھ پیتہٕ کنہٕ!"

دوٚپی دوہ ہس آدہٕ تس قرار۔ شامس تھاوِن روپیس پانژھ ہیتھ حبہ جوٚس برونٛہہ کنہٕ تہٕ دوٚنس — "یہٕ وردن شوٗبہٕ تہٕ کھأرِتہٕ توٚ۔"

تہٕ تمس پیینہٕ دید یاد۔ وأہی از آسہ ہے زِندہ، کوتاہ شوق اوس تس لوشہٕ ہندہ۔ از ہُنہٕ ہے یہٕ بہار وُچھتھ!"

تأر لجٕ نہ سارِسی، زن سأرِی غفارنس پنس آسی پرأران۔

حبہ جُو وُوٚتھ پانٕے شہر تہٕ کھورُن چھِٹہٕ وَردن تہٕ زرق برق کرُن دِروازہ سوٗنٹھ تہٕ فیرِ نیرِ کرُن کنہ وس تہٕ گہنہ۔ تہٕ غفارَن وُچھ تس کُنڈ چشمو۔ کوتاہ جان اوس حبہ جوٗ فرشتہ ـــــ فرشتہ ـــــ تمُس آو یوٚت یوٚت تانی زِہ وَنُس۔ "وٚوندمیا زوٗ۔" تہٕ تس پھوٗر نہٕ کتھی مُنٛزٕ مٔنٛزٕ سینتھ۔ اُسی کأتیاہ مُشکلہٕ یمِ ژوکھ ـــ کأتیاہ خُلقی!

شامس چلُ وُچھِتھ گوٗ تس تمہِ سُند سخ محبّت۔ حبلہٕ اُسی دُکھ وُہوٗنی نارہ تیو نگل ہیوٚہ تہٕ بُتھ اوُس زرٕزہ تراوان۔ کأژاہ شکیل اُس سو ـــ اژھ رژھ ـــ تہٕ غفارس پھوٗر لرہ لرہ وُشنیر۔

پنٕنُ باٗژ!

تس وُچھتھی یوت ہیکہٕ سہٕ زندہ رُوزِتھ!

حبلہٕ اُس پوٗرٕزہ گرہِ ژُورِن ہنز چھٹہٕ۔ غفارس باسیوٚ زہ یہُس اوس سوٗنٛتسٕ لِی آمُت۔ حبلہٕ ہندِ ینہٕ اُس غفارس زِندگی بدلیامٕژ ـــــ پنٕنُ باٗژ!

تس لادیو کامہٕ کُیتھ سخ آلُژ۔ کأمس وُتھتھ تہٕ اُس تس نندرہ ٹادین پیٚٹھی آسان۔ سہٕ اوس حبلہٕ گرہ گرہ وَنان ـــ "چھیٚٹہٕ

چھا زیادہ کھیوٚن۔ کم داہ باگژ چھی یتہٕ۔ سُہ کٔس پھیرِہ ہٹرِہ۔"

تمہِ دوہہ اوس سُہ شُلی کامہِ پیٹھہٕ آمُت تہٕ حبل اُس نہٕ گھرٕ۔ سو آسہِ ہے ظاہرا مالِیُن تانی گامُژ۔ پراران پراران گو سُہ کُیتھ تانی ہیوٚ۔ سُہ گوحاران زِہ برِ ونہہ کیتھہ کُنِہ اوس سُہ حبلہِ روٚس زِندہ۔

حبل ییتھوی آیہِ، تمیٚ کرِی نہٕ تس سیتیٚ کہنٛہی۔ تس اوس زن سوٗسُن پھیوٚرمُت — کاژہ زُون — وٗدی وٗدی اُسیٚ تس اچھن پھوکُٹ کھٔتمیتیٚ — "بلایہ ژھٔنز زِہس۔ کوٚت اوسوی گژھُن ییتہ تاپہ کرایہِ منز —"

حبلہِ بوزُوی نہ۔ سو زن اُس اُندری منہِ منز دگ للہ وان۔

"نائے ژِہ چھکھ نہٕ کہنٛہی کران۔ کأنِسہِ وٚونیہِ کینہہ!"

"کانہہ کیاہ ونہِ۔ میٚہ چھُہ پننی نصیبہ کھوٚرٹ —" تہٕ مس کھٔسی اچھو وٚوتھ تس ڈوٹھ ہیوٚ اوٚش تہٕ غفارس پیو اُندری زریتہٕ—

حبلہِ کچہ کنہ واچہِ کنَو منزہ تہٕ لایَن ییتھرٕ۔

"وُچھان چھکنا یمہِ ٹینہ کھنجہِ۔ یہٕ سوٗرُوی روپھ چھُہ کھوٚرٹ۔ زُوی کرُتھ ہم مالِنیو پامہ دی دی زِہ خانہ دارس چھکوی نہ پژان کہنی

شرٛیہہ۔ اِدٕہ کرِہ ہی یِہ مذاق۔۔۔" سعہ لجٕ شرٛوٕسندی پاٹھۍ وَدنہٕ۔
غفارَس لگی اَندری نیٚکۍ۔ "یِنہٕ بأژ! زٕ وٕ گأمِتھ ترٕ ہے سُہ
تَسُند أمُن ہیٚکہِ ہے واپس اَنِتھ۔

"میہٕ نٕے چھہٕ نہٕ پڑھ پوان زِہ حبٕہ جُو کیاہ کرِہ پزی ژوُر۔۔۔ بیٚیہِ
ترِ مے۔"

"گوٚڑُھ کرُن۔ تمیُ چھُ ناژٕیہٕ فرشتہٕ پوان بوزنہٕ۔۔۔" تہٕ پتہٕ وژِ ھس
سعہ اَسان اَسان۔۔۔ "یتھا پانہٕ چھکھ تیتھی زأنٕی تھکھ لُوکھ ترِ۔"
غفارَس آدٕ یِہ سخ خوش زِہ حبٕل چھہٕ تَس فرشتہٕ زانان۔
"اَدَے ژٕیہٕ کُس غمُ بوٚرُتھ۔ یمہٕ نٕی پیٚیہٕ تن لعنت۔ گوٚڑُکھ تہٕ پانس
گوٚبرأوٕکھ بار۔۔۔" "پتہٕ وٕوتھُس نزدیک یِتھ۔۔۔" ردٕ پیٚہ سنٕے
چھوٚی ژٕیہٕ شوبان تہٕ ژٕیہٕ شوٗبہِ نٕے سعہ وسی۔" تہٕ ژٕٹن حبٕل
پنہٕ نِس نُنس وچھَس سیتی۔ حبلَہِ شروٚپ سورُوی اَدٕش تہٕ پینتہٕ
کھنٛڈی لجٕ سعہ پرأنٕی پأٹھۍ دیدرٕ ہِشس بولِنہٕ۔ مگر غفار اوس ژٕر
کمن غوطن گومُت۔

"حبٕل ترِ کیاہ آسہِ سوٗنچان۔ نیتھر کرٕتھ ترِ کُس موٗس دراس
بچارِہ۔ کیاہ چھاوُن! کیاہ آسہٕ بہٕ اُمِس باسان۔ تمُس باسیو حبلہِ

ہُندِین اُچھن منز پانس لوٗژر ہیوٗ لۄگمُت۔ نِندرِہ دوٚیتہٕ وُنۍ وۄتھُس
—— سارۍ چھِ نیرانۍ پنجاب۔ بہٕ تہٕ کیاہ کرہ یِتہٕ وندس۔ وَندہٕ
کالسی چھِ تکلیف۔ تتہٕ بنہٕ پانُس تہٕ کٲنی۔ ناک تھوٚوے دوٚلہٕ مالِنین
سیر کرِتھ گژھنہٕ، بنگرِ تہٕ وس گرٕز گرٕی۔"

"بلاے تمن گژھنن۔ میہٕ کتھ چھم بکار۔ بہٕ دِمہٕ نہٕ گژھنہٕ تہٕ۔
میہٕ کمِس پیٹھ تراوکھ پتہٕ۔ میہٕ چھا گژھن لیوٚن —— یتہٕ نہٕ ژرہٕ اسکر۔
ونان چھِ تہٕ وُنۍ تن۔ بیٚیہٕ سندٕ ڈبہٕ بوڈ وُچھتھ چھا کانہہ پنن ڈبہٕ
ہیمٹران !"

"نیٚتہٕ بہتھ تہٕ کیاہ کرہ۔ سہٕ کوس کانم نیرِہ میہٕ یتہٕ وندس !"
حبلہٕ گیہٕ ژھوپہٕ ہش تہٕ دوٚنس لوٚچھ۔ "خُدایے کرِہ پنُن
چارہ پلئے !"

غفار رُود بیٚیہٕ کنڈِ نِ پیٹھ۔ حبلہٕ ہُندۍ ژُھرۍ کن تہٕ ہوٚنٹ
وُچھتھ اُس تس یہٕ کتھ وُورۍ وُورۍ یاد پیوان۔ تس کیاہ رُسہٕ
ہم چھوٚن۔ آسہٕ ہے سَے، تنہٕ کیاہ ہا بہٕ مذاق۔ تہٕ تمس گرہے وِفرٕ ژُھرد
ہی اندرہٕ——
مُبھے دژاو سہٕ گاش پھولئے۔ تہٕ کالچھر، ادٕین نہٕ سہٕ نیران

گُژ۔ "اُسی ہے وسُو شہر۔ میٚہ میچھ بدٗر دِینٕس کارخانس منٛز کام۔ کوتاہ
جان چھُ یہِ بدٗر دِین۔ فرشتہ ہے فرشتہ۔۔۔ "پانٛسہِ ییٚن اتھس منٛز
ژریٚہ ہے نَنی میون شوق۔ ہیٚرہ بوٗ نہ کرتھ سوٗ ہ ساٗوی۔"

مگر جبلہٕ موٗلس نہ کُنہ وتہٕ۔ "اسہِ پیا دار شہرہ۔ ئیتی وونکھ ژادہٕ
بچہِ۔ یِتہِ نیری ناکام۔ دوہ ڈگرٛھیا بالکل۔"

مگر غفار کتھ پرٛٹھیس۔۔۔ "یوٗتانٛ نہ ژرہ بوہ مہرہ ہنٛز ہش وُچھتھ
میٚہ پیا قرار۔۔۔ "تہٕ دُبہ دہ شوٗرے باٗژ شہر۔

کارخانس سیتی ہیوٗتھ غفارن مکانہ تہٕ بیوٗٹھ وانگجہ واٗرِس۔ مگر
جبلہٕ لوٗگ نہ تیتہٕ دِلی۔ تس اُمس گامہ نزٕ تَس پھیرنس ہاٗل تہٕ یِتہِ گوتس
کوٗتی کاٗو۔۔۔ سو آیہِ نیٚرِ۔ غفار اوس گاش پھولنے کامہِ نیران تہٕ
دوہ ہس اُمس جبلہ ژنیٚز تہٕ موہ نی کھینہٕ یِوان۔ نہ کانٛسہِ سیتی کتھ تہٕ
نہ باتھ۔ گامہ اُسی ساری گھرکی باٗژ ہیوی۔ دوہ اوس نہ یِوان بوزنے
کیاژ ہے گو۔ یتہِ اوسانہ کانٛسہِ سیتی غرضی۔ ساری اُسی پنہٕ نس
گل گوشس سیتی۔ لوکہ چھِ دپان شہر چھُ گاش۔ جبلہِ اوس
ساری یِوان انہٕ گٹہٕ تہٕ دہی دہ بوزنہٕ۔ تیوٗ تویٗ نہ پانٛسس تہٕ اوس
نہ موہ لی۔ یہِ گیندشاہ شہ عدہ ہس اوس انان، یتہ ہی اُمس نہ لگان

زِ تتھ کیاہ گوَ۔ سو کھٔژ وَدنس۔ اکہِ دوہہ ؤدنس —— "ییٚ چھُ ییٚترِ کٔنیتھ تانی ہیوٗ باسان۔ چھُنا صلاح دا اِیس کھسو گرہ۔ تیترِ چھُ لوٚبر زیٚن، بھتہ سیٚن۔ نوٗن تیلی یوٗت چھُ ٹلی انُن۔"

غفار ادس یانہ ننہ آمُت۔ تس رنیہ یہِ کنتھ زان ہرِہ پیٹھ جبلہ پوٚز مٔہ کمہِ بُتھرِ کھسہِ چھُنوٗی دا اِیس —— "نا رے وُنہ دُچھو۔ ییٚیرِ رہتس کھنڈس۔" مگر تس پھیوٗر یہِ کنتھ کرِتھ پتر ژریہ تانی۔ تمی کیازِ اوس نہ جبلہِ ہنٛد مونمُت۔ سہ اوس یانہ ییٚترِ کٔنیتھ تام ہیوٗ گومُت۔ کارخانس منز ترِ اُسی تس سیٹھا وا اُلی یِمِ کٔترِیو ہیوٗ باسان —— نہ سہ سنزراہ نہ پزراہ۔ ییٚتھ تس گامہ ہاٰل اُس۔ سارٔی کھو تہِ اُسی تس بدرِ دِینہِ تسلاہ گاٰمتی۔ یہِ چھُ اکھ ژوٗراہ اکھ!

دوہہ کھو تہ دوہہ اوس غفارہ تہِ زان شِشطان ہیوٗ۔ سُہ اوس دوہے راتھ پھِرن یِوان تہِ یوٗنوٗی اوس لاشہِ لڑُر ہیوٗ پیوان۔ تس زان اُسی تمِن وَردن تہ کنہ وا اِجنین منزِ کیتی مُشتھ گامٔژ۔ جبلہِ اوس کنھو سیتی یوس آمُت بٔرتھ۔ کیہہ ہے کس سیتی؟ سو اُمس پٹھنس آمٔژ۔ غفارہ اوس نہ تس اُچھن کُنُن تہِ ہیکان وُچھتھ۔ تس اُس پشیمانی زِ وُنہ ترِ اُس نہ جبلہِ زُٹ تہِ نالی۔ تہِ جبلہِ اوس باسان زِ نا

تمۍ تھماس ہینہ خاطرٕ اُس پور وائجرٔ۔

ہیٚر رس پورس اُس روزان جانٕہ بیگم ۔ مُلس منزٕ اوس نہٕ تس سیٖتھ کانٛہہ ترٕ دِمٕداوان ۔ بُڈِتھ ترٕ اُس سو وُنہٕ ترٕ ہہرٕہنز ہش روزان ۔ نزاکت گیاہ اُس تس! ڈیٖڑ دہ ہس اُس سو گیوان آسان ۔ گیوان ترٕ اُس سو ٹھیکٕ ۔ ہٹس اُسس وگنہ وزان ۔ نعمہ صاب اوس نہٕ دوہس گھرہ آسان ۔ مگر شامن یِتھوی بائز زِ اُسی ژُوان، نعمہ صاب اوس بیگمِ مازس ہُریہ گران ماردی دی ۔ غفار ترٕ جبل کوتاہ اُسی تمن کُن وُچھتھ اسان ۔ مگر غفارس اُس ٹُلی بیگمِ ہنز وُچھتھ ہش گاہ۔ گہ ڈنگی دوہ اُس تمٔ وُزس یچھ برن دٕژمٕژ تہ بیگمہ اوس باسیومُت زن تس کانٛہہ مٔز مارکس اُس پیٚچوٚنی کرِتھ چاپاتھ تہٕ اوہ ژٕ ۔ مگر جبلہ اوس عار پوان بیگمِ ہنز ۔ گیاہ ترٕ اُسی تن جبلہ اُس تمۍ ہندو بمدہ ، وردن ژھٕنٛنہ تہ دوہ تمن بہن سخ نحوش گژان ۔ —

ڈویمِ دوہ اُس جبل دمدرہ سیٖتھ ترٕ تس آو وُتارہ ہیوٗ ترٕ آیس دژ دیکھ ۔ بیگم اُس اپارِہ کوٚنٹ تام نیرنس تیار ۔ تس آو نہٕ تابی ۔ سو آیہ ٹِکہ ۔ تس دوہ یتھر اُڈن ورد گھ تہ آیس الِنٕہ تہ وٗلنہ ۔

ـــــ "تمبرہ مے چھوی مال گژھان۔ خدایس ہیے سوزوی کیاہ
تانی ـــ" حبلہ گو کتہ ہیو۔ سارسی پانس لجس رے ہش۔
اُس کاژاہ غلقی بیگم۔ تس آیہ نہ پژمی زِہ بیگم چھہ تیژ بد پیش
تس پوت خائبتھ اُس۔ بیگہ ہُند پانیار باسیو تس ماجہ بینہ ہُندہ
کھوتہ شہلی۔

"یہ چھہ جوتوی بیوتہ ـــ ۲۴ ہن گھنٹن ماچھکہ زہ یتھ دمہ
کوٹھرہ منز کتی نژگژھان۔ یتہ گژھہ اِنسانس کاژھ۔ دوہ تہ یم
پلو بدلاو!"

حبل گیہ کژھ تانی ہش۔ سہ کیاہ لاگہ ہے۔ تہ یتھوی بیگم
دسایہ جامن گژاے دوان، حبلہ لگو دِلس گژاے۔ نیتھر کرتھ تہ ادس
تس اکھ شوق تہ درامت۔ دوہے اُسی سہ یمنا گھر گسکین پلون
منزی۔ پوژ تانی اُسن نہ نو دِژمژ۔ تہ بیگم اُس بڈیتھ تہ مہر بینہ ہش
تمو وچھ اُنس بتھ۔ تس اُس شکلہ تہ بٹھ تہ تس آیہ اُچھن
ملکہ اُس کیاہ یہ بیگم۔ فقرانی! پاہ تہ لوہ ہے نہ تس لنش۔
مگر پلو ژھینتھ اُس مہر بینہ ہش گژھان تہ تس گو وُزہ وُزہ تس
تہ ہے بیاکھ پلو جورہ آسہ ہے۔ دیتہ کیاہ میہ غفارن، دوہ ہے

تھاوُنس نٕنی۔ تہٕ تمِس گیہِ بیگم ہُند یہِ اناٗری جامہ اُچھن تل۔ تہٕ سو
گیہِ پرٕہ ژھینہِ ہِش!

یِتھوٗی غفار آو، سو ہیٚٹ ہِش۔" ژہ نیرِتھ وُچھکھ کیاہ
حال گوم ییٚترِ۔ یہِ نَے بیگم ییہِ ہے۔"

غفارَن وۄنُس مُبتھ کرِتھ۔۔ "یہِ آسہِ بیگم آمرٕ۔ کیتھ چھہَس
یور وِوان ییٚنہٕ۔ تہٕ ییتہٕ وۄتھُس خوش خوش۔۔ "میٚہ ترٛاو بدرٕ دِینس
لِنش کام کرٕنی۔ یہِ چھیہٕ اکھ ژُوراہ اکھ۔ اُمی ہاوُدی نہٕ میٚہ کینہہ۔
یہٕ گوس اَزِ کہٕ ییٚتھ ٹھیکہ دٕرس سیتی۔ پگاہ دِیہِ روپیہ پینژاہ ۵۰ تہٕ
پیشگی۔" تمہِ پتہٕ دِژ تمۍ جبلہِ نۍ پوٗژھ۔ "دوفی نَے چھُنہٕ پرواے۔
دوفی لگِہِ نہٕ رُتھ ییٚن تاآر۔"

یِتھوٗی جبلہِ پوٗژ دِژ، تس باسیو زَن تمۍ اُزی اوس کھاندر
کوٗرمُت تہٕ تمِس آو پوٚت یوٚت تانی زِہ سہٕ وِنہٕ غفارس بیگمِ ہُنز
سو کتھ۔۔۔۔۔۔ تمبرِہ ہُنز کتھ۔ مگر تس ہیوٗر نہٕ کیتھی تہٕ
سو ووٚد شلیہہ۔۔

"یِمتھ پاٹھی تہٕ کاُژاہ شکیل چھہ یہِ۔ توٚہ حال چھنہٕ کیتھی ییٚلہِ
یہِ تمہِ طِلہِ یہِ رن تہٕ گُہنہ لاگرِ۔" تہٕ سہٕ لوٚگ اَندری تُشِ کرنہٕ تہٕ دوہ

گنزرنہٕ۔ یێلہٕ تس رٕوپیہٕ یِمن، سۄ وٕزِنہٕ دوٚن حبلہٕ کھیں۔ پتہٕ یتھوٗی
اکہٕ دوہہ سۄ تس ہاوہٕ تم وَردن تہٕ گھنہٕ، حبلہٕ ترٕہ فکرہٕ میون شوق
.... خوش کیٚشہٕ گژھہ۔ اکتی پیہٕ نہٕ۔ شوق کوتاہ چھہٕ اُمس پلو
پھاونُک ـــ مزٕہ!"

یگاہ پڑارے یہٕ حبلہٕ ڈِیْ دوہس زِہ وُچھ غفار کیاہ انہٕ
تس کنِتھ از۔ تس اس پوٗرہ پڑھ زِہ یتھوٗی غفارس بأنسہٕ میلن
سۄ انہٕ تس کنہ واجہِ تہٕ بُجگرہ۔ "سۄ ترٕہ ہاوہٕ اُمس بیگہٕ بوٚ کوسہٕ چھس۔
غفار آو راتہٕ پہرن۔ سۄ اوس تھوٚکمُت تہٕ پرٕہ ژھیوٚن ہیوٗ گومُت۔
"دروٚچہٕ چھاکم، روٚپین پنزاہن دراو نہٕ ٹاس ترِ۔ ہتھیار کینہہ
اُسِم پوشہٕ، تم ترِ آیہٕ نہٕ پوٗرہ تہٕ پِکنأونس جولنہٕ۔ حبلہٕ لُجُ ساری
خوابن لیتہٕ ہِش تہٕ سوزوی گو چھلِہ چھلِہ۔ تس گوٚنڈُن ہێیرہٕ بوٚ نہٕ
نار۔" پوٚنزٕ اُسِم مالنِہ ونان ــ اُمس چھنہ یون شرٕہی۔ اُمی کیاہ
چھَنس بوٚ زأنِتھ۔ مالِنہ ترِ آیس چُلِتھ چھوٚکھتھ تہٕ مذاق کوٚرہم
یٚتہٕ ٹینہ کھنجہٕ تہٕ فقیر وَردن دِتھ۔ شخص بایہٕ گو ڈرہی خاندرس بیاکھ
جورہٕ ترٕوچھم نہٕ بتھِہ۔" نبرہٕ کنہٕ اوس غفار یہے ژٕڈتھ گُل ہیوٗ
پیوٚمُت۔ حبلہٕ گو کیاہ تافی۔ تس موٚٹھ سوزوی تہٕ درایہٕ ہکہٕ چوکہٕ

منزہ۔" دوہتہ چلے پیٹھ ناچینی؟"

"بوہے چھُس از سخ تھوکمُت!"

ترِ چلہِ آو مایہ سیتی یُہے دُنارہ ہیوُ۔ ترِ تمہِ بھوڑنس سورُوی
بُتھ مُہو ترِ میٹھیو سیتی۔ غفارس گو سورُوی تھکُن مُشتھ۔

"ژِ ترہے آسکہ یتہِ دوہس کرِتھ تانی ہش گرِ ھان؟"

ترِ چلہِ سونچ بلایہ تِمن یلون ترِ گھنن۔ یِیہ کتھ چھم ضرورت
میہ پیٹھ سورُوی غفارے۔ بوُ چھہ ترِ نِر بیگمہِ کُن۔ تس گیہ
بیگمہِ ہُنز نکہت ہش۔ یہ چھہ خبر کیاہ ذائقہ! نتہ کتہ
انزِ ہے یِم بوُرہ وردن۔ اَدہ پھاِیھتھ۔ نارہ رُوس پھاڑہ دوہتان
داہ زَنی چھہ پوان ترِ نیران اُمس نش۔ تمہِ سونچ برُچھس پیِرُھی
جان۔ دوہ نی دِمہ نہ یوہ پانس سیتی کتھ کرنس موقعے۔"

دوُیمہِ دوہ ہہ اُس سو آب شیران ترِ آیہ بیگم۔ تمہِ وائج ہیرہ
مُشکہ صابنہِ جائی ڈی ترِ کرِ نی گرہ دی دی صاف۔ ترِ پیترِ دِژنس کنگنی
ترِ لوگنس اُچھن ہِنز سُرمہ تچھ سیتی سُرمہ۔ یتہ بیچھہ دوہ نوے
ڈیہِ تاپس نان وُمرہ ہُنزہ وبسہ نہ آسہ!

"نا یِتہ چھہ تعجب، ژِ یہِ چھی کن تانی ژُمری۔ یتہ گٔمس

متس گوڑھ نا آشن وأنکہ پن ،۔ ژھے گژھک آسنہٕ تتہٕ، یتہٕ
چانٕی قدر زانہٕ ہن۔ کھار کیاہ زانہٕ سونگ موٗل!

جبلہٕ پھوشو سخ زہٕ بیگم کیازِہ چھ پرٛشمہ کتھہ کران۔ اُمِس
کوسہ چیٖنٛڈ ژھنکہٕ میانٕی۔ میٚہ چھنہٕ پکو ترٛ وس، اُمِس کیاہ چھ تورتہٕ
گمرم سیتی بارِیوس بیگمی کیاہ سأری اُسی تَس پی ونان۔ اُمِس بِچارہٕ
ترِ چھ میون اُندرہ گژھان ذرہ ذرہ، نتہٕ کیاہ غرض چھ اُمِس!
"اُمِس چھنہٕ چون خیالی۔ ونان کونہٕ چھس۔ انان زیٖنان
ہے چھکہٕ کمہ خاطرٕ۔ ترِ کیاہ گو زنانہٕ تھوٗنی نیتھہ نٕنی — ییلہٕ نہٕ
جوانٕی منز تگی مرد اُکھس منز تھاوُن، پتھ کر — "بیگمہ دوٗنس
نرہِ گلوان —

بوٗنہٕ گو غفارنس آکو — یہ اوس بدر دین تہٕ جبلہ و چھتھ کھوت
نے ہیوٗر۔ برٛنزِس اُکِس پھوٗرنہٕ تَس کیتی۔ سہٕ گو لگتھہ ہیوٗر۔
شہٕ رٛود جبلہٕ کینی وُچھان۔ جبلہٕ اوس نال وٕدتھوٗی، تمی کوٚر جل
جل بند۔ تہٕ بدر دِین اوٚس وُٹھن منزی تہٕ جبلہٕ گو نتھ زہِ دِگ
دِتھ کدٕلبس اُچھو زہٕ نیر۔

"میہ دوٚپ غفارن کیازِہ ترٛاو میہ نِش کامہ۔ ترٛیہٕ آسہِ تھن

ورخلاؤمُت۔ گوڈہ کُس نہ بڑیمہٕ چانہٕ اُکس پوٚت ژھایہ!" جبلہٕ
دَزہ کنہٕ پھیرِتھ تانی تہٕ دوٚیُن کُنوٗی زٕلہٕ بوٚک دِمس تہ نِہناوس
شکلی۔ یوٚزتمۍ رٹ زبو۔ "بوہے بہٕ زبان کرہ سوچِتھ کیاہ یہٕ۔
یانسو سیتھ..."

تہ بدر دِیِنس زن لوٚگ جس۔ "یہ گونہ چھکھ وَردن بدلاوان
اَتھ اُنزنہٕ گردنہٕ گوٚژھوی نا اُسُن طِلہ پھیرن۔" تہٕ ہاوُن اُچھو منزٕ
بیگمہٕ کیاہ تانی تہ دٕراو اسان اسان نیبر۔ تہ بیگمہٕ دوٚپُس— ووفی
مربی وٚدنمے اینٕ، ژیٕ ہے چھوٗی بُتھ گاہہ تراوان، ژیٕ گژھی
اتھ آسنہٕ قدر داں!"

جبلہٕ گوٚ سخ بَرتاہ بیگمہٕ ہُندیہٕ وَنُن— "ووفی نہناوس
بُتھ، امہٕ کیاہ چھس بو زانُمِتھ— "بدر دین ژٕراو پوٚت کھوری
وایس۔ "غفار پِتھوٗی یِیِ، سہٕ سوٗزی زِبن میہٕ یانِش۔ ڈیزبس
یہٕ گژھی نہٕ جان۔ اکھتوٗ، اُسی تمۍ میہٕ یانہٕ منگمِتۍ، یم دِیزبس رٕوٚ
زہ ہتھ۔ تہ جبلہٕ کُن وُچھتھ دراو سہٕ اسان اسان نیبر۔ تہ جبلہٕ
گوٚ متھ زہٕ ژٕتیلہٕ کرِاے دِیَس بیٹھو کِنہٕ داٗرِتھ۔ بیگمہٕ تجہٕ
روپیہ تہ تراوِن جبلہٕ ہلس منز— پیٹھہ روپیہ تہٕ چھَہ چانِس

بتھِس کمی۔" چتے ژاو غفار!

"پینژہ روپیہ تہٕ چھہٕ چانِس بتھِس کمی۔"

بیگمہِ ژٕجو ٹِکہ ہیوٚر۔ زن اۄسکھ ژوٗرہ ہانژہ رٕٹمژ تہٕ سۄ رٕڈبو جلکہِ — "یکیاہ اۄسی یٚتہِ کران۔ کیتہِ پھرِ گوٚرمے ٹھاک اۄمِس سیتی کتھ کرنس!"

"وونی کیاہ لیوٚزہ سیتی نہٕ نٔ تھوٚد تلِکھ۔ پانےٚ ہے آیہِ۔ ناد دِیت مےٚ!"

"سۄ تہٕ گو نادی دِیُن۔ ییٚلہِ ولسہٕ توٚن تہٕ پانیار ہوٚد تھس اۄمِس کیاہ زاوِہ—"

"کرِہ کیاہ اِنسان، دُنیاداری منز کوتاہ بقاوِہ اُچھو نیبر کڈِتھ۔ دُدِ دوہ ہس چھہٕ گنوٗی زوٚن موہنیٚو نیٚنہ لوان۔ کرمس زن کتھ۔ اۄسس تھاوا تروٚپ دِتھ۔ بیٚیِہ ژرٚ چھوٗی باسان۔ دُنیاہس کیاہ لوگہس طوطمہ۔"

"ژہ ماگیٚکھ اۄمی سنزن کتھن۔ اۄمِس نِش گٔیکھ گاو۔"

جبل وولیہ پیٚ تھس ناگاو۔ آسہ ہنے یہ حالتھی کیا زہ گزٕھ ہیم۔ مُبھے چھُکھ نیران لوٚٹ گٔرہ دِتھ۔ نانہٕ پٕژُھ بقاہ

دوہس کیاہ چھوٗہی گدٕران !"

"ژٕ یٕ کتھ چھےٚ انسانٕگن ہیٚش لدِتھ۔ وونتھ وونی چایہٕ دلماہ دِہ۔

... دوہس چھمُ نہٕ تمائکی دام ترٕ چیومُت۔"

"وونی کمیٚ دٕدٕنہِ متہ چیٚیتہ !"

"یہ وُکرٕ اُمی کن بھرنہٕ۔"

"کتھ چھکھ توٗکن بٔلی تقصیر کھالان۔ امہٕ کیاہ کوٗرٕمُی زٕ بچارٕ۔
بٔلی چھہس دامنہ چھلان۔"

"اچھا ترٕ اَنُس بلاے۔ یہٕ خوش کری ترٕ گمٕ۔ نتہ کرٕ مونتھ ژٕ یٕ

میون۔۔۔"

"بہ ہےٚ دوہےٚ خود مختار اٰسس۔ دوہےٚ اٰسس پھیران

نژان ژٕ یٕ رٔوستوٗی۔"

"ژٕ ہ کتھ چھکھ از کتھ زٕ ٹھراوان !"

"ژھوٚٹ راٰوی ژھوٚٹ راٰوِہ کیاہ لوٗبمُ ؟"

غفارن دِیُتنس واٰنکہ پن، جبلہٕ لوئے سہٕ ہور۔

"میٚہ کتھ چھم پمہٕ پنہٕ داوہ ژور بکار۔ گمرٕ اٰسس نہٕ ییُتھ

واٰنکہ پن دِچھ دارٕپن لاگان۔ میٚہ شوٗبیا یہٕ بچہٕ زنانہٕ۔"

"ووٗنی کیاہ سونہٕ شُند اَنہٕ ہا!"

"شوٗبہِ ہیم نا۔ اِنتہٕ کراو سوٗی ژریہٕ میانہِ غاطرہ۔ میانہِ دِزہِ اوسوٗی ژریہٕ دوہے کامنز۔"

"یہٕ انان چھُس، تتھ چھُہ ناچ نغمہ کران۔"

"ترٕ کرِتھ تم ترٕ کرِتہٕ۔ گنڈ چھُمے تھوٗدمُت کرِتھ۔ کیاہ تیٚلہ چھُم۔ بلکبن کران آسکھ!"

غفارہ اوس مو چھِہ موٗران ترہٕ ہٕژِ ژرایان۔ "ووٗنی کھسہ ہیوٚر ترٕ ٹوپہٕ رٹِتھ لبتہِ ناوِن!"

کتھ گیہٕ زیٹھان۔ ییٚلہِ نہٕ حبل کُنہِ پوٗشی، تمہِ ہیوٚتھ ٹھگہِ وُدن گمہ ژوٗدِتھ ترٕ گو حبلہِ اَندری کنہِ غفارٕن ذرہ ذرہ۔ "زبحور انہٕ کتہِ۔ ژوٗدرہ کھسہِ ہا۔ تمام یاٗنہٕ چھُنہٕ پانس خرچان۔"

غفار گو کرِتھ تانی ہیوٗ۔ ہتہِ آسس لوچھِہ سیتھ ڈنہٕ وُزہش تس ژوٗدنہٕ تابی۔ سہٕ ووٗتھ ترٕ بھترٕ پٹراہ کڈن۔ ہاکہ تھوٗباہ تھوٗدنس پیٚٹھ ترٕ آپرہِ تھاپرہِ نیوٗن کھبتھ۔ سہٕ اوس دوہس سخ تھوٗکمُت سہٕ پیوٚ بسترٕ تراونہٕ بروٗنہی دگوِس پیٚٹھ۔

حبل زوٗز فاقے۔ سہٕ کُس مَنہٕ وِہ ہس۔ تس گو حیتِھے ہیوٗ

غفارن۔ پوز اُسِم تمِ وَنان۔ غفارس کیاہ سرپہہ چھُ پچون۔"

ترێیہ دوہن رُوز جَبل فاقے۔ غفارن ترِ کھیو نہ کہیں۔ نہ گو کامہِ، نہ کرُ بأژو دوہیُک کتھ۔ مگر أندری أندری گو غفارہ گُگُگ۔

—" آسُن گوژھس نا بچارہ۔ امہِ کیاہ وُچھ—"

اُخر آو نہ جبلی تاب تہ دُژھس—" کتھ چھکھ ہو کھراوان

پان—؟ "

" ژیرٕ کیاہ تہ ترِ میون۔" تہ غفارس ترِ کمُلیایہ وُٹھ۔ " وُچھ پانس کو سہ حالت کرُتھ۔ مس کھامسی ہشہ اُچھو پھےَ ژارِن وَژھ مژہ۔ پچون ہیتُ چھا فاقہ کرنس۔"

"پانہ چھکھ ہتہ کاُشی لد باسان۔ فاقہ پھرہ چھےَ گامژہ! "

"ہے مُژی کیژھ جہالت چھےَ۔ سوسُن پھیوُرُدی۔"

"ژیرٕ کیاہ توتہ ترِ میون! "

"گوژُھم نا آسُن! "

نکینو ممنا۔ پانس کھیتھ بہتر ہُن۔ میہ پُرژُھتہ۔"

"میہ ہے اُس تمِ ساعتہ واہ سو تیمژ۔ دوہس وُچھ ہکھ نؤن چھُ نیرأن۔ یُس روپیہ گستھ دِیہ، سُہ چھا گِندنہ دِوان۔"

جبلہِ آیہِ مُژرنہٕ۔ "اُنجس بلایہ!" یِتھُوی غفارہ دۄاد، سۄ
گیہٕ بٮ۪یہٕ کُنی ژُنی۔ بۄنی کینژ درایہ بیگم مہرن ہش۔ چِکرہ چاو گیاہ
اوس تمِس۔ از وُچھ تِنہٕ تمہٕ جبلہِ کُن جبلہِ ترِ گوُ ژزہ وُزہ زِہ
سۄ ترِ نیرہ ہاپھیرہ نہٕ۔ بۄنی کینژا اُسی لُوکرار ساہتھاہ بادام وارہ
کُن وَوان۔ کاُتیاہ رنگ آیہِ تِس بوزنہٕ۔ دۄہ شلان تہ کملان
ہشہ رنگہ ژرہ تہ بُنگرِن ہند سٔروٗنی رُود تس تٔریہ تانی
کُنن منز۔ اَنہرِشہِ پانس کوتاہ شوٗرخ اوس تس پلوان ہُند۔ پۄزتمہ
ساتہ اوس تس غفار نہٕ مایہ سورُوی مُشراوُمُت۔ اَدہ اوسہ دۄہے
یِتھُوی ترُن شین ہیوٗ۔ شہر ووستھی اوس سہ بدلیومُت۔ تمِس
باسیو زِندگی منز ژھرہ ہیوٗ۔ سۄ ٹنبلیایہِ شرٕی ہندی پاٹھی۔
بدر دِینہٕ رۄپیس ژہٕ ہتہ اُسی وُنہٕ ترِ تِتھے پاٹھی تاکھچس
پلیٹھہٕ۔ ہر ژۄ وَن وِزہ اوس نہٕ جبلہِ یادِی رُودمُت غفارس
وَنُن۔ تس تمبییہ اُکھ۔ "اَدہ کھیا اُسہ یٔرژھی گام۔ نِنی
ترٕ چھینی۔ غفارس ترِ بوزرہ نہٕ زانہہ۔ حالس اَنس بہ وَرادن
وٕاہلیس پانٕی نکھہ۔ یہِ کھینہِ سُہ۔ تہ بتہ نزنگنس ہے ترٕ کمہ
خاطرہ۔ یہِ بجُور بچھہ پانہ ترِ نیتھہٕ نتوٗی۔ اُمس ترِ گوژھ موٗہنلو

پوژھاہ آسنوُی۔ یُہے پھُرِ تیرِ کوٚ کرُ ہیوٗ نیران کامہ۔"

مگر نیرہ نہٕ بر وٚہنہ سُوٗنچ تمہ بییہِ۔" غفارس پرٛژھنوُی گیوٗد چھان یتہٕ گوٗژھہ نہٕ سہ شوٗرُن۔ گوڈنیتھ پھاسہٕ بچور تیتھ۔ سہٕ گژھِ میا ناخوش۔ بییہِ ییھوُی بوٚ یم یکو ژھنیتھ یمتہٕ گژھہ تمِس پھولن یلہ کرِ۔" مگر تو تہٕ درایہِ نہٕ تس کوٚ ٹمی۔ اُمفر توٚہ تمبلی منز آو نہٕ تس کینہہ بوزنے تہٕ سو درایہِ گھرٕ نیبر۔

بنازہ وانس پیٹھ وا تیتھ توٚگ نہٕ تس بوزنوُی زِہ سوٚہیہِ کیاہ تہٕ ترادِہ کیاہ۔ تمُ ژٹناوی ھانس پیٹھ ھان تہٕ ہیتین بجدہ وَردن۔ شوقس منز رُود نہٕ تس غفارنس مُتلس کُن ظعہٕ نی۔ تمِس پھیوٗرُسنخ تہٕ سو گجُر امی سٔرہ اَندری ۔۔۔۔ "دوٚنی کیاہ بُتھر دِہ بوٚ غفارس، سو تچہِ کیاہ سوٚ۔" سوٚ اُس یمنی غوطن منز۔ وتہٕ سمکھیوٚ بدر دِین۔ تمن یلولن منز گیہٕ سوٚ نجمُل ہش، زن اُسکھہ منز مارکس ژوٗرہ ہانژہ رُنمژ۔ تمِس گیہِ سنخ گال، نا چھتے دراُیس پیتھ یاُکھی!

کیرہ ھان وُچھتھ وٚڈ ھمس بدر دِین۔۔ "میتہٕ ہِ دوٚپ تمِس کیاہ چار ادس روٚپین۔ میٚہ ہیٚتہ وٚڈ نمشت آسہِ من چھون،

بوٗ رَٹہٕ ہسہٕ۔ ووٚنی چھاوٕی زبکھ ملہ۔ ژرٕ یٚ شوٗبی حد!"
جبلہِ وٗچھ تِکی ٹارِہ بدر دِینس کنٗ۔ ازباسیو نٕ تس سہٕ تیوٗت
بد۔ تہٕ تس موٚنڈھ بیٚنہِ غفارٕن مٕنٕل۔ "یہٕ نے پیشگی دِیہے بوٗ روٗزہ
ہا دوہہے نٕبہتہٕ نٕنی۔" سوٗ دژ ایلے یہٕ پینٕژ گنٕز مگر بدر دین پوٗ کٕس سیتہٕ۔
شُژرس یکوٗ دِوان پھیوٗر تس بیٚنہِ سنخ زِہ تمیٚ کوٚنہٕ اوٚن موٗنٕل
پوٗژھ غفارس تہٕ تس پیوٚ زبتہٕ ہیوٗ۔ بچور ووٚندمس زٕو!
تہٕ بدر دِینن وٗزہ ناوٕ۔" غفار آوٕی نہٕ۔ یگاہ وٗنزلس روزمٕن
گدٕرِی۔" تس پھیوٗرٕ بیٚنہِ۔ ناحقے اوس تس طمہن کلہ کوٚڈمُت۔۔۔
شامس وٗژھ سوٗ غفارس بڑہٕ آیہِ سان۔۔۔ "یہٕ اوس سوٗی بدر دین
آسُنت۔ ہتہٕ پھیرہ آو، گژھان کوٚنہٕ چھُہس۔ پیشگی تہٕ دِیہ...!"
"ووٚنی چھا میٚہ تمیٚ پنٕدنی دیارن نزٕونگ دِیُن۔ ووٚنی گوژھنا
دِیُن۔ یتلہِ منٚجےٚ مس، تیٚلہِ آیس گوٗلی۔ تورس نا ووٚنی فکرِہ، کیاہ
نوکن اوٚسُس بوٗ دِوان۔ یہٕ نوٚ ٹھیکہ در چھُ اِنسان۔ یہٕ زانہِ کامبر
ہنٕز قدر کیاہ گیہٕ۔ ووٚنی ہے چھُنہ کینٛہہ پرواے، ژٕرٕ تری فکرہ
غفارس تہِ چھُ چھاوٕ۔"

"میٚہ ووٚت دوہہے پی بوزان۔ میٚہ آ دنٕ کینٛہہ تہٕ بوزنہٕ، کیاہ

لاس نوٚ بُتھ ژیٚہِ تیتہِ ۔ بیٚیہ چھُنہٕ بدرٕ دینٕ تہِ تیوٗت ناکارٕہ ۔ دُفہٕ کیٚن
دِیہ ہی بینٛز بانٛس اتھس گیتھ ۔ ژٕہ تہِ انہ ہکھ موٗنڈِ یوٗژھ ۔ بوٚہ تہِ
چھُس نبتھ نیٚنۍ ۔ "

" میٚہ چھُنا یوان تہِ بوزنہٕ ۔ ژیٚہ ہے ہاوٕے بوٚہ غفارٕنٕ کیاہ ونیوم ۔ "

" دُچھم نا وٚنیکتام تہٕ دوٚنۍ کُس سوٚ چھو کرکھ ـــ "

غفارس آو یٔت یوٚت تام زِ ہش وُنِس میٚہ چھہ ٹھیکہ درس
رِش رُوٚ بیس ژوٗر ہتھ سے متہِ ۔ سوٚ زن تہِ آسن چائِ نی وَس تھاوی متہِ
گرِ ہتھ ۔ دوٚنۍ اُس دوٚہ مِن ہُنز تار ـــ " مگر تمہٕ رٕٹ زورٕ ے زیو ۔
ییٚلہِ سُہ یکہ وَٹہ تم وَس تہ وَردان دُچھہ اتی نینس بوٚہ کیازِ اوٚسُس
وٚنیک تام ہوٚٹ چیران پانٛس ۔ غوش گاژاہ گژھہ ــــــــــ
مُژ ـــ بیقل ـــ "

تہِ تمہٕ دوٚنس نہٕ کہیں ۔ کتھ روٗز ژوٗری ـــ

" بدرٕ دینٕ سی رِش گوٗژھ گژھن کامہِ ۔ پگاہ چھہ گامی منز
کُشن لٕسُن ـــ "

" بوٚہ کیاہ آوِیزہ چھہ سُسہ ـ " پتہٕ وُتھس ہمہ ژکرا وِتھ ـــ " ژٕہ
کتھ چھکھ انہٕ بدرٕ دینس یوٗت طرف کران ـــ "

سو ووٚشلیایہٕ ــ "طرف کرٕس میون تلہٕ پوٚت ۔ میانِ کنٛز دِتس سارِسی زوٗنگ۔ ژیٚہ اوسی میٚہٕ قصاس ہیوٚن تہٕ ہیٚتھ کرٕتھ داز چھس تتہٕ بیٚٹھ۔ کیاہ شریٚہہ چھوی ژیٚہ میون بوزن پکٕہ نیٚتھ نئی۔ ژیٚہ کیاہ"

غفارس لوگ دٔکہٕ ہیوٗ۔ کوتاہ لوٗزر اوس تس حبلہٕ نش لوگمُت ــــ

"میٚہ نا چون شرٚیہہ۔ بوٚہے چھُس ژٕرے وُچھتھ زِندہ ــــ پنُن بازٕ ــ"

صُبحے گوٚ سُہ گوڈٕہ شٔرس تہٕ ہیوتُنس حبلہٕ ہُند وردن پتہٕ ہیٚژن ہُندی سونٕرس سوٚنٕہ دٔجی۔ سُہ چھیوٗر گرٕہ پوٚت نِہ گوڈٕہ ہادہ حبلہٕ گر وِتہٕ دِتُنس موہر شٔرن ناد۔ نِہ حبلہٕ ہُندی پوٚ اُسی تیار۔ سُہ پیوٚ اَسمانہٕ۔ تمُو دُپچھ دولہٕ پلون کُنُ۔ طِلہ نال کرِتھ کرِ کرِ گرُدنی بورہ تہٕ بیٚشرٕسی رِشن نِنیوس نِہ حبلہٕ اُس بدرٕ دِین ہیٚتھ تمِ شوٗد نِہ آمٕژ۔ تمِس پٔیہ اکھو منزہ پُنجُر تہٕ باسیوس زِن تس سارٕسی پانس دٔر کرٕ پیٚیہ۔ یمہ تس دوٚنی ژھٔتھ نن!

"اَدہ اُسہ حبلہٕ بدرٕ دِنِس یِتھے طرف کران ــ"

"ماصُم حبلہٕ ــــ ارتہٕ دوٚد ژھ شُر!"

ہاہاہاہاہاہا !

بیگمہٕ ہٕنٛز کتھ ژوٗز تس اَندری کوٗران — "اتھ بتھس ہے چھہٕ پیٚشرٕ رۄ پیہ ترٛکی۔" تس گو جبلہٕ ہُنداَسُن وُن بتھ اُچھن تل۔ ماشوم بُتھ، یتھ پیٹھ ہر وِزِ فرشتہٕ آسہٕ گِندان باسان۔ جبلہٕ تہٕ کیاہ تقصیر اوس۔ کوتاہ تہٕ آٗسہ تن اِنسان۔ اتہٕ چھہٕ تمبلاٲنی دِل۔ تس آو گیوٗر ہیوٗ تہٕ پنٛنہٕ کلہ کھاپرہٕ منز باسے یہٕ تس ساسہ بزہ گنٛسہ نژان !

"ہے تقدیرہ !"

گھرہ کُن نِگو نہٕ تس کوٗٹھی۔ سُہ گو سوٚن پھیٛچ ہیٚتھی کارخانس منز۔ مگر تتہٕ تہٕ لوٗگ نہٕ تس کامہٕ دِلی۔ سُہ ژوٗد مشینہٕ ہٕنٛدی پاٹھو رنده دوان — کھرچ — کھرچ — کھرچ … کھرچ !

پنٛن باژ ! اُمی سنٛدی خاطرٕ سے رٲوُر میہٕ راتھ نِندر تہٕ دوٗہک آرام۔

کھرچ … کھرچ … کھرچ !

پنٛن باژ ! ایس کُن وُچھتی سُہ زِنده اوس ژوٗزِتھ۔

کھرچ — کھرچ — کھرچ

پنُن باُٹھ ـــ چیس پھیر تہ کھری۔ اتہ کونت ووتھ۔
کھرچ ـــ کھرچ ـــ کھرچ !
پنُن باُٹھ ! اکھن ہنز نرمی تہ مس زُمن ہُند شہجار !
ہاہاہا ہاہاہا ـــ اتھ اسنس پیٹھ گیہ ساری حیران۔
تہ نشی پرژھس ممد چھانن "کتھو پیٹھ چھکھ اسان !"
پنُن باُٹھ ! نہ آسنکی ارہ سرہ !
تہ غفارہ دژا وسُلی کارخانہ پیٹھ۔ دُوری یاسبو تس تن
ہیرن پیٹھ ژھلے اُس بون وسان۔ تس ماگو یژونتھ۔ سہ دُدرلو
تہ کھوت کنی لائنہ ہیرن۔ ہیرہ اوس نہ کنہ سیر صداہ تہ تس وچھتھ
زن کھینیہ حبلہ دوبُٹھ ہش۔ سو اُس ووشلیامژ۔
پنُن باُٹھ ! زنانہ نشہ کھینیہ یا کانہہ دوبُٹھ۔
غفارس رُود نہ پانس تام۔ تمس وبسریایہ اتھ تہ حبلہ ہنز
ساری مارے گئیس مشتھ۔ " اگر نہ یتہ بسُن چھوی، گرژھان کدنہ
چھکھ تورِ ییتچ چھکھ ـــ "
حبل گئیہ ہے بنگہ ہش تہ تجس کڈ چشمو وچھنہ۔ غفارس
رُود نہ آب تابی۔ تمہ ڈکہ ناو سعہ پتھرس پیٹھ تہ کورنس لتہ

کریم ــ ترڈاکھ ــ ترڈاکھ ــ

مگر حبلہِ کوٗرِ نہٕ کرٕ کھ ترِ ــ "کتھ چھکھ بیٚنِ ذات ہاوان! دہ نیرنے یٹہ وُچھنہِ ــ " مگر یُت یوٗت حبلہِ اندری ہیوٚتھ ، تیوٗت تیوٗت وولیہ غفارہ ۔ حبلہِ ترِ ژھنۍ تہ مازس کھرٕ ہس لاہہ ۔ تس اوس اُڈجبن کرٕ وِسن گوٚمت ۔ مگر تس پھوٚٹ نہٕ اوٚش تہ نہٕ ژجو!

غفارس اوس نستہِ کنہِ دٕہ نیران ۔ تمۍ اُنی سوہ پلوپھنٛج تہ گھنہ دُجو تہ دِژنس تُھس داگِتھ ۔ " ژٕ یہٕ اوسیہ امہِ کوٗی طماہ تہ پھٹ!"

حبلہِ وُچھ تیہٕ تتھ کنۍ تس اوس دگہِ سیتی ژٕوٗ ژلان نیرِ تھ ہہ ترِ اُس سوہ دگ ژالنس کرٕ ھ ابتدا بیٹھے لیٚژ ۔ مگر از کوٚرِ نہٕ تمہِ واے تہِ ۔ دگہِ دادِس کیاہ بوٗن ۔ ییٚلہِ ہ ییٚنہ نوٗی باُژ زارِ ! سوہ رُوز پیٚاوِل ہوشہِ ہُندی یاٚ ٹھ اوٚش ہاران ۔

غفارس آو نہٕ بیٚنہِ تاب ۔" ووٗ نی کتھ ووٚہُرکھ یہ ساتگ ۔ یم تُل پلوتہ دس تہ ہاد مالنین تہ گرٕ ھ دفع ۔ اُز کہِ بیٚٹھ نہٕ ژٕہ میاٗنی تہ نہٕ لو چون ــ " ہِجل رُوز تیتھے یاٚ ٹھ ۔ تس آسہ پھرنس تژٕہ گامژہ تہ یڈٕ اُسس نُنی ۔ غفارن وُچھ تمِس اُمس یڈٕ بڈٕ پیٚشہِ ہش ، یتھ سوہ

رَسہ رَسہٕ چھِش اُمس دِوان۔ غفاَرس گو کیاہ تانی۔ "یہٕ ہے چھِ گوہ کھوٚرہٕ —" پنُن باُژ — غفارٕنن سٕرٕن ہنٛز ماجہ۔ مگر دِمانس منزٕ اوس تس وُبہٕ شورہ۔ "دٔوپہَ گژھان کوٚہہٕ چھُکھ۔"

حیکہٕ زان بوٗزِتھ ہِ — "میٚہ ہا فرژ۔ مگر امہٕ کھوتہٕ تہٕ کرتہٕ ژٕہ میٚہ رینہٕ فانہٕ —" تہٕ پتہٕ وُژھس وَدان وَدان — "بہٕ کوٚت نیرہ گمرہ ترٛاُوِتھ۔ ژٕہ کٔس بیٹھ تراوتھ۔"

غفارہ گوٚ موم ہیوٗ۔ سہٕ لوٚگ تس یڈی گنٛوی وُچھنہٕ۔ تمِس باسیو تِتھہٕ منزٕ اوس شُر سوٗرٕ سوٗرٕ کران — "ہے مُژہ — تلےٚ یِم ژٕھن تہٕ یکوٗ، بہٕ وُچھتھ کٔرِتھ گژھکھ —

پنُن باُژ!

دوہ نیٚرنی لگہٕ اُشہٕ دٔدرارٔے!

---

# ترٛیشہِ ہٹ

نیرن وِزہ دِژ ورگسی اُنس بیٚیہِ نظر۔ کرُن اسنہ ہناہ تہٕ شوٗرُن دھوترِ یوٚزھ۔ تیٚمۍ نائیلان ساڑھی اُس تس ہریرہ وَتُن ہِش پانس لارِتھ گامژ تہٕ کنن ہُندۍ ٹاپس اُسۍ زوٗتان۔ ازاوس شینیہِ وُہرۍ بوزنس تس نِش یُن ...... یمن شبن وُریٕ ین پٕراران اُس تس گار چھُمژ تہٕ کوٚب درامُت تہٕ از اوس سُہ دُوربر موکلیومُت۔ تِمُس اوس از رُم رُم خوٗش۔

گاڑۍ واتنس اوس وُنہِ کانٛہہ وَرخ تہٕ سہ دراپہِ بنڈۍ بنڈۍ۔ ہوا اوس موٚت گومُت تہٕ کنہ تلۍ اوس سَر سَر کرِتھ وَسان۔ زن ہواس اسان اسان اُسۍ گتہِ گژھان ...... پانس پیٹھ آسہٕ رنٛچہ رنٛچہ لہرہ زن اکھ اکس نالہ موٚت کران۔ تہٕ کُنہِ کُنہ جایہ اُسۍ لوکٕٹۍ آولنہٕ

باسان، زن کائنِس اسان اسان تمِس رٔوِی گژھن۔

لیکن دِندی اوس امہ کُل ہوٚل ہیوٗ گومُت ۔۔۔ ۔۔۔ راتھ تانی اوس ورگسی باسان زن کائنِس زنانہٕ چھائی منز پراران پراران کمرس ڈوکھ آسِ ژامژ تہٕ لیچہٕ زن آسہ ترکیشہٕ وژھمژہ۔ ازباسیوٚ تس زن کانٛہہ جہرہ ہنز کلہ نٔومراوِتھ اُس!

موسیم اوس لیشہٕ ہوٚت تہٕ ورگسی گُھژ کاف ہِشس تہٕ تمہٕ دٔوپ سہ دیہ چکہ، گبوہ تہٕ تکہ ہوٚیی!

سہ واتژ سٹیشن سُلی۔ گاڑی اُس نہٕ دُنہٕ کینٛہہ آمژ ۔۔۔۔ ژھایہ ہوٚل وُچھ تمہٕ گرجا ۔۔۔ سہ اُس کمُس تانی ءسپتی کتھن میٹھٕ مژ آنکہ وَنہ تلے پرنژہ نیہ تمہٕ سہ۔ سُہ اوس ظاہرا پاک۔ تہٕ لفرژ سان پھیرُ تمہٕ کلہ۔ پاکنہٕ اُس لتس رِش تہٕ گرجایہٕ ہنٛدی کوک مژد تہٕ اُسہ لتس دوہان اُچھن کھران۔

سہ ڈُجر دٔویمہ اندہ ۔۔۔ اکھ اکھ برٔ ونژ باسیوٚ تمِس اکھ اکھ یگ ۔۔۔ مگر ازِیگ پراٗن کوٚرتس خوش، بزنژہ برنژہ اُس تسہ وائلنجہ ہنز دیرارے تیزان۔ سہ کیاہ ونہٕ جوزفس، تمہٕ اُس اکہ اکھ کتھ سوٗنچمژ۔ ودنہٕ آسیا سُہ سوٗی جوزف۔ مِین شین

وُرِیِن آسہٕ سۍ خبر کوٚرِت بدلیومُت۔ تِمَس پیو سۍ جوزف یاد یُس

تِمۍ ہنٛز سو غرٛیب لاژی۔ تِمَس گو کیرالا (KERALA) اُچھن

تل۔ کوتاہ چاو اوس تِمَس تہٕ جوزفس گھرہ بناوُنک ــــــ

مِنُے گھرہ! تہٕ شیٚن وُرِیِن ہنٛد دُوربر زِن گوٚل ژٕہِس منز!

تِم دوٚہ زِن اُسی ورگِسی وَچھِس کھٔنِتھ۔ شیٚن وُرِیِن تہٕ آسہٕ

تِم گردِہ ہُتی گامِتۍ۔ دوٚہ یِیلہِ تِم سمندر بیٚٹھِ گٔچھن ژھایہِ اکھ اُکس

سیٚتی کتھ اُسی کران ــــ کتھ ــــ یِمن نہٕ کٔہنی اَنداز اوس۔ پننہِ

نوِہ گھرہ چہ کتھ۔ شُرین ہٕنٛزٕ کتھ۔ انہارین خابن ہنٛزٕ کتھ۔

یِم سارِی پتہٕ خوابی اُسی رُودی ہتی۔ نوکری اُسی تِم طرفاتن

تِم پھکراو متی تہٕ یِمن اوس لوٚگمُت ژھین تہٕ دوٚربر ــــ چیں چیں

چیں ــــ چیں چیں۔

دمان دمان ژرایہِ گاڑی یارڈس تہٕ ورگسِہ لجہِ دِنِن ہِش

تہٕ سو درایہِ ہُتھ۔ جوزف اوس نہٕ نَنوٚی۔ ورگسِہ آیہِ نہٕ بَرٛٹھی۔ "نہ

سو ییہِ مزدور۔ دِلوہ نہٕ مِیہ پرزٕہ ناو۔ شیٚہ وُرِی گِہ گوڈہ کم وَرٕخ۔

تِنٛز گو زمانہ اکھ۔" تِمۍ اُس بیٚیہ نوِہ سرہ سارِسی ژھانٛڈی دِژمٕژ۔

مگر جوزف اوس نہٕ پٔزی یا اُٹھ آمتوٚی!

یتھوی سارُوی پلیٹ فارم گو خالی ... سو رُوز کُنی نُنی ہے بُنگہ ہِش۔ تمِس اوس غیر تس دَب لوگمُت۔ تمِس دِرایہ نہٕ کو ٹھی ! وِترِ وِترِ دِیُت تمی پانس تسلاہ زِہ ظاہر اما آسِبس کینہہ کام ہیمژ تہٕ سو رُوز پرٛاران تہٕ یِیلہِ نہٕ بِگاہ ترِ سہٕ آو، تمِس گیہِ تسلاہ .. پرٛارُن اوس فضول۔ تس اُس جوزفنۍ پتاہ، یِیلہِ تس یِن آسہِ ہے تیِیلہِ آسہِ ہے آمُت !

مگر توتہٕ رُوز سو پرٛارہ وُنی۔ دپوہ وُنی نترٕ وُنی پییہِ !

پرٛارُن ! زندہ روزنُک اکھ اوٗزھ سہارہ۔ اوم ین !

تس پیوٚ سہٕ دوہ یاد یِیلہِ تمہٕ جوزف گوڈنیتھی وُچھمُت اوس۔ سو اُس سِکہِ پیٹھ وُتھنی شوٗنگِتھ ہارہ تہٕ کاوہ شوٗپی ژارانٛ یوہ اُس اکھ اکھ گُنتھ یِوان تہٕ تمِس کھوٗرن میٹھۍ کران ... سمندرس اوس پوٚت یہئے چھوٚت اوٗبرٕ ہیو تہٕ تمِس اوس باسیومُت زن تتھ پیتھ رِنِنہ تمی سندِن خوابن ہُند شہزادہ ژورہ اوس !

اکھ گُنتھ آیہِ بییہِ تہٕ کھورُن لوٚنٹ اکھ موختہٕ پھوٗل۔ جوزف۔ تہٕ تمی لوگ سہٕ وچھس سیتی۔ پتہِ کیتھ لجہِ از تس ہانٹ (Haunt) ہِش کرنہٕ —

راتھ آیہ نہ بوزنے کرآیہِ تہٕ بیٚیہِ پکھہٕ ژٕ ڈٹ کاوہِش بالکنی منز۔ چھورہ چھورہ کروُنی راتھ ! ورگسہِ باسِو زان راتھ تس کژھس تل اُس ژامژ تہٕ اُسن زورہ نالہٕ متہٕ رٔٹمژ۔ سو کھوژہِش !

سٹرکہِ اپارہ اُسی مزوُر تہٕ مُزرہنہِ گھرہ نیرنس سکھریامتۍ۔ کیتہٕ کالکُ اُسی یِم اکھ پٔژ دن محل لوٗہراوان۔ مگر سُہ اوس وُنہِ تہٕ تیوتوُی۔ ووٚنی اُسی مزوُر تہٕ ٹھکمتۍ تہٕ یَرہ ژہِ ھبنہٕ گامتۍ —— تِمن اوسُن سازانہِ کنہِ۔ زن سارِسی محنژ کرِنچلہٕ یونی اوس گژھان۔

... محل اوس ازتہِ تیوتوُی —— ژُٹھل —— زن کانْہہ دیوٗاہ پکھہٕ واہرأوِتھ پٔراے اوس بہِتھ۔ کیاہ تام زوٗبدٕہ بلایاہ —— موٗنسٹر ( Monster ) ۔ تمِس باسیوٚ سُہ دیہ ووٚنی لرہِ پھرِن تہٕ ڈوٗلہٕ گنڈہٕ سیتی کرہ سارِسی ژٕرٹ۔ تمہٕ کرٕ منہ لبہٕ تہٕ ٹھدی ژینٛژ باسیہِ تس اَسان ہِیوی۔ ورگسی تہٕ رایہِ تہٕ تمۍ ہیٚوک نہٕ تتھ کُن وُچھتھی۔

شاندس تل اوس بوٚزنُ اسہ وُن فوٹوٗ۔ تہٕ تس باسیو زن یہِ اُسن تمۍ زورہ اوس اوٗنمُت ... نَتہٕ زن اوس تس اوٗش ٹارِن پیٚنٛژ۔ زن تمۍ اُسن اُنِتھ سارِسی انہارس اکھ ماسک

اوس کھور مُت۔!

راتھ ۔ اُس وُداُسی تہ دُیہ ونہ زن تتھ وُدی وُدی بُتھِس
پھِرِ اُس وُزھمژ۔ تَس اُسہِ تارکھ سیٖی وہرِتھ زن اُنیک
اوٚشہِ ہیرِ اُسہِ زوتان!

وونی ہیہ نہ جوزف زٕہنی۔ مگر وُنہ تہِ اُس نہ سو یہِ مانٕن یژھان
یہِ زیٖیٹھ راتھ !
اَنہر شہِ بڈہ راتھ !
گُژھ ژٕنی تہ کرٕہنہ راتھ —— زِندگی ہُنز سیٖتہ واجینہ!
اژٕ گنٹہ اُس سائرِہی متھنہ ہِش آمژ۔ زن سو رمہ نوٚکرِس
اوس یھعکھ لوٚنگُت تہ سُرمہ فِیک اُس سائرِہی دٕلنہ آمژ۔ ملکُت
اوٚبرُ نیوٚن تَس مُہرے لیمب ہیوٚ واہراُوِتھ تہ اوٚبرس تل زُول
بلسے یہِ تس ژان مل کرِژہ اتھ تژہ دُلِتھ اُسہ!
راتھ آیہِ تس از کھینہِ ہِش —— بسہ نہ کاُژاہ نخوٚش
اُس تس یہِ ہے راتھ کران ... ... شہج تہ جوان رات ...
دوہ ہس ہسپتالس منز ودلے ہتین مُریفن سیٖتہ کہنہ کہنہ کرِتھ
اُسہِ تس کانہہ نیران تہِ یتھوی سو ڈاف اُس تراوان۔ تس

اوس باسان زن کانہہ آدن بوجاہ نرِہ مُژرِتھ، نالِہمتہِ رُٹِتھ تس نِندرِہ ساوان اوس۔ اَنہر شی رات ـــــ شریر ترٚ چنچل۔ یُس تس عشقہ پیچانَک پاٹھی وَلنہ آسہ یِوان تہٕ تس اوس دُوہک سوٗرٕدی موٗس کڈان۔ راتی راتس اُس سو لاوٕبن خوابن سوٗن جران تہٕ تس اُسی تِم ساری دُوربِرشتہ گژھان یِم تمِس تہ بوزٕنس اُسی ژھین دِتھ۔ ننہ چھُے یہِ دُوربر زندگی ہُنہٕ راوان۔ یِہ شیچ راتھ اُس نہ یِوان بوزنہ کیاژی گیہ ... ... زن پاٹاسی اُسی گژھان، اَڈٕہ ژٕٹ رات۔ تہ انز اُس رات زیٚٹھان۔ نہ اور ڈلان تہ یور ڈلان۔ زن اُس رات اُکسی جایہِ وٕرِس گامژ۔ زن سو ترِ کانُنِہ پیٚاران اُس!

پیٚاژِ کوتاہ گوٚب چھُہ!

سارِسی نرسہ ہوسٹلس اُس ژھوپہ۔ مگر گرجا اُس نہ وُنہِ تہ شونچھ۔ سو گئیہ حیران زِہ یِہ کیاہ اُس وُنیکھ تانی کران بالکنی منز... تمہِ دِژ نظر دوہکہ پاٹھی اُس سو چاکلیٹ ژھان تہ پتھرِس پیٹھ اُس زِتنہ لاٹھ راپرن (wrapper) ہنز بینہ ... گرجا اُس راوٕمژ ہش!

ورگسی باسے یہِ زندگی اکھ ژھوٚرٕدی زِتنہِ لاٹھ راپر (wrapper) یتھ اندرِ یِم چاکلیٹ مجبوری ژٕھتھ اوس نیومُت۔ دم اوس سخ تہ تمِس ہوٚکھ ہیُر تہ زیوٕہ باسیوس چاک گومُت۔ سو درایہِ ترٚیش چیٚنہِ۔ گرجا اُس تس برٕونہی نور

واژٕمژٕ۔۔۔ ورگسی پھیرُ نفرژٕ سیتی کلہ۔۔۔ تمِس اُس تمُ سٕنز دٔلون اُچھن کھرٕ۔ گرجاَ اوس نلکس دام گونڈمُت۔ تس زن اُس ڈُمرہ ہُنٕز پیٚاس!

ترٕشِس چیٚبھ تہٕ آونٕہ ورگسی کمرس منٛز قرارے۔۔۔ تمِس باسیو تمِس، اوس بیٚیہِ ہیٚرُ ہیو کھان۔ تس گنڈٕن بیٚیہِ ترٕیشہٕ پیٚاس۔ یُس ژٕ سمندر چیٚنہٕ سیتی تہٕ پھُٹہٕ۔ سو دریاوِ پوٚت کھوری۔ بیٚیہِ نلکس پیٚٹھ تہٕ سو پیٚیہِ اسمانہٕ۔ گرجاَ تہٕ واژٕیتے۔ تمہٕ وُچھ سو از وارٕہ۔ یہٕ اُس نٕہ سو گرجاَ، یوسہ وُچھنس تس ہال اُس۔ اُمِس کیاہ چھُ یہٕ گومُت۔ تمِس باسیو تمہٕ اوس وونی نِسخ ووٚدمُت تہٕ مُتھِس اُسِس چھیرٕ تہٕ براَٹ ڈٔھمتی۔

کُجاَ سو گرجاَ۔۔۔ ۔۔۔ اَسہٕ وونی طِفلہٕ۔۔۔ ۔۔۔ اتی توہ پھلکِ پاٹھی وُڈٕ وُڈٕ گژھ ونی۔۔۔ شوخ یوسہ سارنی ٹادس اُس تُلان۔ یُس نٕہ پننہٕ نین محبتہٕ کین قصن وِدہ کھٹے کران تھکان اُس، یُمہِ سأرِی نٔرٕسہٕ نژٕنتھ ماٗنتھ آسہٕ پانس دُشمن بناوِمژٕہ۔

بے پروا تہٕ مست ——— یہٕ پتاہ اُسِتھ تہٕ زِہ امہٕ سیتی چھیٚ تمِس سأرِی پوٚت غائب کران۔ تمِس اوس نٕہ کنٛس تہٕ لوان کشنہٕ

سۄ زَن اُس وارَے کھٕہرِ نہٕ کھسان۔ دۄ ہ نی اُس تمہٕ ننہٕ وانہ سارنی رِنش پارَے دِژمٕژ زِہ سۄ کرِہ نیتھٕر۔ پانَس سیتھ تہٕ سارنی اُس تمیٚ سِنز دۄن اُچھن نکہت گامٕژ۔

وُنکین وُچھ ورگسی تمیٚ سُند بدٕلی راٗپھاہ۔ تمِس اُس سۄ تیزی خبر کوٚت گامٕژ۔ سۄ اُس زان پننِس پانَس لِتھٕ نادان۔ ورگسی شوٗنچ اُندری —— "اُمی ہیٚے دۄہ نی ییٚژ ترٛیش چیٚنیہ، یِہ کتھ آیہ بٕنیہ"۔ تمہٕ ژِیوٗن زِہ گرجاَ تہٕ اُس لَس وُچھان۔ زان تمِس اوس سورُوی پتاہ لوٚگمُت۔ تہٕ دۄہ شوٗبی کوٚر محسوس زِہ ملہ تلہٕ اُس یِہ ترٛیش تمِن اُچھنی۔ یِہ اُس نہٕ پانٕچ ترٛیش۔ دراصل اُس تمِن خبرِ کیٚچ پیاس!

اپارِہ اُس گرجا وُنہٕ ہُشیاری۔ زان اُس ارہ سرہ کران تہٕ ورگسی تہٕ آیہ نہٕ اکھ زوٗلہٕ تہٕ۔ سۄ رُوز تِتھے کنٕہ لرِہ پھیرِ دِوان۔ سارِسی ماحولَس اُس وُداسی پیدٕ ان ہِش —— ٹِپ —— ٹِپ —— ٹِپ ——

چھوٗرہ چھوٗرہ کرٕ وُنی راتھ —— مجبوٗر تہٕ پرارہ وُنی!

لبِہ پیٹھ اوس فوٹو —— پاک مریم ؓ اُس زِژہ تراوِ مُن شُراہ کھوٗنہٕ کیتھ زن وُداس ہِش۔ خبر کیازِہ باسیوٚ تَس مریمہ اوس گرِجس

سیتھ بُتھ بدلاوُمت تہ زن سو تہ ترییشہ ہُژر اُس!
صبحن وُژھ ورگسی ژِیری۔ سو کھ وُشنِس تاپس اُسو ژھایہ
گِتھ گژھان۔ سِریہ باسیوس زن لوَن ہُرِس منز ہینہٕ اوس آمُت۔
ورگسی گیہ وُداُسی تہ شونجِھ بیٹھ۔ ہکہ دروازہ مُژرِتھ ژایہ گرجا۔
اکِس کیتھ تازہ پوشہ گوندہ ہیتھ۔ سو اُس بیٹھِ اسان تہ تمِس
اُسی تہٕ شوخ پلو نالہ تہ سو اُس حد شوبان۔ ورگسی آو نہ تسند
بتھ یاہ ٹھیُن نوش۔ تمِس باسیو ماحول گوبہو ہیوٗ!
گرجا وُژھس اوّرے۔ "تہ کو نہ سہ رِیھوہ ہُتھ گمکس پوش
بدلاوان اوّترہ پیٹھ؟"
ورگسہ ووُنس نہ کہیں۔ تمہ وُچھ گملس کُن۔ پوش اُسی ساری
ہوکھمتہ۔ ییٹھ بوزفس یُن اوس، تمہ اُسی کمہ چاوہ سان پوش ژاُرہتھ
—— ووُنی کتھ!
گرجایہ بدلاوی پلنے پوش گملس۔
"میہ نہ سایمِن ہوکھتِین پوشن کُن وُچھنس وونہ یِوان
میہ گژھن دوہے اکسی پوش تازہ، شوخ تہ ووُزلی!"
"آں..." تہ ورگسی رُوزِس تمِس وُچھان۔

"دٕوپہٕ ہسہ ژٕہ دِکھنا ازیمائی روت ڈِیوٹی!"

"کیازِہ؟"

"از چھہ یُن پالُسس تہٕ مےٚ چھُ گژھُن پارٹی منز۔"

ورگسی وُچھ تس نفرژ اُچھو تہٕ گرجا کھوژ ہِش!

"یہ سوٗٹھ کیٚتھ سا چھُ مےٚ شوٗبان۔ یِم بُندہ چھا رنگس سیتہٕ میُل کھوان۔"

تمہٕ دِژ کُنی یَٹھ تہٕ ژُٔژ ہِش کٔڈِس۔ یاژَن اوس تس پھٹِتھ درامُت۔

ورگسی گو دَم ہیوٗ۔ ہوا تِہ اوس یُہَے کُنِہ ہیوٗ گومُت!

"پالُس چھہ یِم رنگ خوش کران۔"

"... ..."

"کرکھ سا تیٚلہِ روت ڈیوٹی۔ یِمو روت ڈِیوٹیو تہٕ ہسا کھیٚیہٕ اُسی۔"

تہٕ ورگسی وُژھس نیٚنہِ ہِش یِتھ۔ "آں گژھہ ژٕہ نیر—"
گرجا دراہ بیٚیہِ دوہٕ ٹِلان تہٕ اسان تس گیہ سنخ رِش گرجا یہ
Tense منز۔ اتھ اسِنس تل اُس یہ خبر کیاہ ژوٗرہ تھوٗتھ۔ گاٹژاہ Tense
اُس سوٗ۔ گاٹژاہ کوشِش کٔرِتھ اوس تمہٕ تِتھ بدلوومُت!

" ییم ماسک ( Mask ) کوٹ تانی روزن سائنس وجودس دھوکہ دِوان ! "

دوہس رُوز سہ بیٹھِ پرارہ زُنی تہ سہ آیہِ نیٚنہٕ۔ دوہ آس کینٛہہ ترشستر دبوزنہٕ۔ تمہ اُسی نہ موکلاونی زان تمن اوس یدبن کلمِ لاریومُت پرارن تہ ہندرُن۔ ورگسی اوس کمرس وارسے ڈوکھ ژامُت۔

شامس آیہِ گرجا بیٹھِ تس نش۔ سہ اُس تچھمژ ہش ... ...
ورگسی دوپ۔ سہ ونہِ تس وونی نیرُن کرہ ہنز۔ مگر تس سمیوٚ نہ بُتھی۔

" پال نہ سہ آوی نہ ونہِ خبر کتہِ گو تس ژیر۔ "

" ... ... " تہ ورگسی سُوٗنچ یہ کیازِہ چھ یمہ کتھہ پھیری پھیری کران — گرجا یِر ژیُون تہ بدلاوُن کتھ۔

" بہ کاژاہ سہ خوش چھس از باسان — " تہ تمہِ اوٚس۔

" ورگسی باسیو سُہ اُسُن اوس ژھور کھوکھُر ...

" دراصل ہسائے چھس بہ یِنزی پاٹھی خوش۔

" It is a bliss to be in love ! "

ورگسی رُوز تس بُتھِ ڈیھان۔

”سہ چھُتن نہ ژیٚیہ وُنہِ وُچھمُت۔ منٛدچھ بوٚڈی چھُ تیوٗت شرٕ
سِندی باٚٹھو چھہ گٕگُ گٕگُ گرٕزھان ــــ تمُ سِنزن ٲسنین اُچھن منز چھس
بوٚ راوان ــ ــ اُچھ ــــ زن سورُوی اَسمانی رنگ تمِنی منز چھُ
سمیومُت ــــ سنٛتیہ ترنہِ پانٕنِیک ڈٕل۔ تہٕ تس ترٕ چھُ باسان یِیلہِ بوٚ
کتھ چھس کران زن نٕوٗنہ گاشس پیامبر پھولن ــــ ٹپ ــــ ٹپ
ــــ ٹپ ــــ تمِ سِندِ تصوّرٕ سیتی چھُ میٚ باسان زن سارِی
نبس ساسہ بدٕن رنگن ہنز چھکر چھہ پیمٕژ تہٕ سورُوی ماحول چھُ
رنگین گومُت۔“

سوٚ رُوز خبر کیاہ کیاہ وَنان تہٕ ورگسی ژیوٗن یِہ چھُ یہ سورُوی
سوٗنبراوان۔ تمُس اُس پتاہ دُنیاہس منز چھہ نہ کھنی پٔز کتھ پوٗرٕ۔
تتھ چھہ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ پن آسان رودمُت۔ دراصل اوس گرٕ جس
پتہ نین خوابن سیتی محبّت۔ باقی اوس سورُوی اینٛز ...
ہاونہ خاطرٕ ــــ

”تیٚلہِ کرکھٕ سہ ژٕ میانٕی ڈیوٹی راتس۔“

”آن کرٕ ژٕ آرام ــــ“ ورگسی پھیر بُتھ تہٕ کرےٚ پن نیر رنٛچ سکھ..
گرٕ جا گیہٕ کرٕزھ تاذٕ ہِش۔ وردی لاگِتھ تہٕ آو ترٕ تس دوٚ ندےٚ ڈیوٹی

کرنس تس اُسہ زن کوٹھی تُو سمتی !

جوزفس رُوس کتھ کڈِہ سوہ ژُہر — "تمو سُند سُہ محبت اوسہ ایژ ؟"

راتھ اُس سِخ وُداُسہ زن وُداُسہ تہ راژ کھرا اوس اُمت !

لژِہ ہُژ وَتھ اُس کژھ تانی ہنجہ تہ کجہ۔ تالہ ہنز سُم ہش یِیلہ مِتس زٹھ آسہ۔ ڈیوٹی کران رُوز تس گرجا اُچھ نی تل۔ اکھ پرژ ہِش ییتھ معنے سوّن آسہ۔ تس اوس پاک تہ وَنہ۔ سوہ زانہ ہے تس وارہ پائکھ۔ نفرژ سیتی ژاو تس پانس الہ الہ— پاک —— کرُوٗر تہ بےجِس —— آکٹوپس (OCTOPUS) یمو رسندِ ین پنجن منز خبر کاتیاہ ہینہ اُسہ آمتی !

تس گیہ گرجا اُچھن تل پادِہ ہش —— کنہ ژنی تہ ترِیشہ ہُژ تہ ترِیش چھوان اُس تس مجبوری ہُندی کرمن زنگ ژٹھنہ شوق — اکھ ہُرہ وتن کرہ کرہ کرُون — ییتھ ییھائے اکھ آبہ چھکھ ترمیٹ کرِہ۔ اکھ بُرزہ وتن۔ سوہ کیتھ درِہ ہے یژھ وادہ ہالہ منز ——

لیبر رُوم (LABOUR ROOM) اوس از بُرتھ ...

ژوا پأرۍ أسۍ کرٕنکھ تہٕ دگ۔ مگر ییتہِ أس نہٕ وُدا أسی ... ... سارِنۍ
ماجین اوس پاکھ مریمٕ ہُند ہیوٗ نوٗر ہُتھِس لشیان۔ تمِس أس گوڈٕ
بیٹھے یبر رُومس منز ڈیوٹی کرِنۍ خوش کران — ییتھوٗی کانہہ پریشان
أسِ، سو أس ٹکہ نبر نیران تہٕ نبرہ کنہِ پرار دِنِس مأنِس شیچھ
کران ... ... سو بوش تہٕ سو خوشی ... ...

راتھ ہے مینٕہ وارہ کارہ یہِ وُچھ ... ... رات ہُنزِ کیاہ
گو اَمِس۔ گرجا أس درہ کرٕ کران تہٕ سِسٹر ورگسی آیہِ سارۍ وردی
بَرٕ بۄز —

ورگسی وُچھِتھ ہیوٗتھ گرجن شرٕ ہندۍ پأٹھۍ وَدُن۔

"یہِ کہے کورُتھ ژیہٕ ؟"

گرجا رُوز وَدان تہٕ گِتجِ دِوان وونُس — "پأگل ہے یہِ نہٕ ووہُن
زانہہ ... سہِ ہے گوَ —"

ورگسی ژایہِ زنگن نِتھٕ۔ ورگسی زان اوس سوٗرۍ برٕونہی پتاہ۔

"ژیہٕ اوسُتھ ناسہ سرہ کورُمُت ؟"

"سرہ کتھ کرہ ہین ... ... بہٕ أسُس کٕتھمٕر تہٕ ترٕیشہِ ہُش۔"

"ژیہٕ ہے دِتھتھ مأرِی دأرِنس دام۔"

"میٚہ نٮ۪ے توٚر فِکرہا... سُہ کِتھہٕ پاٹھی آو۔ زن اُکس منحوس راتھی کٕمیٚتھ یِیہ طوفان تہٕ واوہ ہالِہ ہُند اکھ دکہٕ مُژرہ داٗر تہٕ کرِہ ساٗرسی بیٚنہٕ قبضہٕ۔ "میٚہ ہیٚے چھہٕ پانٕنِس سخ نفرت... میانین خوابن ہُندِس شہزادس چھےٚ دُنی یِن۔"

گرجایہِ اوس بُتھہٕ بیٚہٕ سُہ تناو تہٕ ژولمُت تہٕ ماسک اوس پھٹمُت تھہٕ اُسی ہارہ نٕلی گامتی۔ ورگسی ساوُ سو وارہ وارہ تہٕ شونگتھ بلسے یِہ گرجا تُمِس پاک مریم ہِش۔ یِمہٕ سارِیے مجبوری ووندس آسہٕ شونیہ آدمژ۔

ورگس اُس سخ تھچمُت... تمِس آو نہٕ کمرس منز گژھنس وونڈرے۔ تس ییِر ہیٚے سُہ کنبر کھینٕہ ہیوٚ۔ تُھس اُسی تس گمٕ ہتھ آمتی تہٕ وردی اُسِس لِتھہٕ ونہ ہش آمژ۔ راتی راتس ڈکہٕ گنڈِہی دِتھہٕ اوس تس ستس کھنز ہیوٚ گومُت، زن زلٕہی زاٗ جی اُسس آمژ واہراونہٕ۔ سو دراِیہِ پلو بدلاونہٕ ہوسٹل۔

دات وٗنی گیہٕ سو حیران تہٕ، خوش تہٕ۔ زن کانہہ تُر یڈبُرتھ نِندرِ کمرٕ نیٚے ووڈ کھیتھ ہوشیار گژھِ۔ گوڈہ اٮ۪یس نہٕ پژھی۔ جوزف اوس آمُت۔ سو گیہٕ ہکہ تس نالہٕ متہٕ رٹنہٕ۔ پتے وُکلٮ۪یس زنگہٕ

جوزفن لوٗگ تس ہیرِ پیٹھ بوٚن تام وُچھنہٕ۔ سُہ دوٗتھُس بمہٕ ژُکرِتھ۔
"ژیٚرٕ کہے چھوُی یہِ گومُت۔"
ورگیسِ آو یوٚت تانی زِہ وَنُس۔ "اَدٕہ کیاہ وُچھتھ
لگِہ ہیم جوانی۔ گرتس اُس اَچھن تل وُنہٕ تِہ گرجاہِچ ہنز حالتھ۔ تمہِ پھیرُ کلہٕ۔
جوزف وۄتھ تہٕ درا۔ دروازہ کوٗرُن ٹاس کرِتھ بند۔ ورگیس
گیہ رُوزِتھ ہِش، دارِہ کنہِ دِژِن نظر۔ جوزف اوس دوٗرِ یومُت۔
سو رُوز تس وُچھان۔ تمہِ دِژ نہٕ یوٚت نظر تہٕ۔ ووٗنی اوس سُہ
داریاہ دوٗرِ یومُت تہٕ ورگیسِ وُچھ لڑھ ہڑھ سڑکہِ اَسی جایہ جایہ
دوٗب پۄروٗنہٕ خاطرہ تار کوٚل ژکُل لاگِتھ۔ وۄنہ اُس شُتلی موٗسر ہِش
باسان—
یِمہٕ زِیچھہِ بدصورت وَتہٕ، یِم اِنسان دوٗرِ چھِہ دِوان!
ورگیسِ اوس بُتھ وِکھُتھ گومُت۔ دوٗرِ اوس محل ژوٚپچھل
دوٗدِنہٕ۔ ورگیسِ باسیو زن سُہ انہ پھہلیومُت اوس، زن کانہہ
دیواہ یکھ وأہرِتھ زاگِرِ اوس بِہتھ۔ تتھ پیٹھ اَسی راتہٕ کرِیل
گتھ کران۔ مزدوٗرن تہٕ مزرِنن اُس وۄنی محل تہران تُہران
رِفینہ کھڑہ مژہ۔ تمہِ آسہ ٹھکمتی تہٕ پیرہ ژھینی گامتی تہٕ ورگیسِ

باسہو پنُن یان تِموِی منزٕ اکھاہ۔ محل اوس زن تہٕ اَسن کھنگا لِہ تراوان — اتھ کتھِ لگہٕ فیشں !

---

# سون

یِتھوٕی عزٕ دراےِ ینہٕ نین جامن گرٛایہِ دِوان، موٗختہِ ترٕ گو سخ شوق زِہ سو ترِ گژھِہ از مالِیُن۔ یِہِ نہٕ زِہ تس آو اَندرٕ وُن پوٗز گژھاےٚنی چھُہ اِنسانس اَتی احساس!

بوہٕ نہ دِتُس عزِہ آکو ـــــ

" اُتھی ہےَ پیاٗری ہےَ تھاوٕ زِہ نظر... بوہٕ دراےِ سےٚ سالس"۔

" اَدٕنہہ فقراٗنی زَن بوہٕ راٗیچھ درِ پھس ـــ" موٗختہِ وٕون پانس سیتی ـــ تس باسیوٕ عزٕ اُس تس مُژراوان۔

" میٚنہ ہےَ چھُہ پانس ترِ اوری نیرُن ـــ" موٗختہِ ژوٕل ہکہٕ نیرِتھ عزٕ آیہِ نہٕ پتٕھی ہِشِ ترٕ سو دراےِ ییٚتھ دِوان ترٕ موٗختہِ گو یہِ برطبع۔ عزٕ آسہِ ہے موٗختہِ وٕری داہ مرٕ ڈنِہِ ژھٕٹھ۔ پوٗز سو اُس وُنہِ باس

دِوان زن تہٕ اکھ چکٹی اُس۔ سو اُس ہر وِزہ دوہ ٹھ ٹکہ پیٹھی روزان
موٚخترِ اوس نہٕ ہیوٚک مُت پتھمین وہمَن وُرین گھرہ نیرِتھی۔
وارِی کر اوس تس آمُت۔ "یی ین سونہٕ۔ از گژھہ بہٕ تہٕ مالیُن۔"
تس اُس پتاہ سونُنٕز زہ سُہ دِیہ نہٕ تس کُنہِ کنہٕ اتھ وتھی۔ یوٚز از
پترٕہ نہٕ سُہ تس کُنہِ وتہِ تہٕ۔ سو گژھِہ نہٕ از زٕنہی تمہٕ سنٕز ن کتھن۔
نیرٕوُنی ہر دِگہ دوہ اُسی۔ ساری پیترہ اُسی لشن پیٹھ بہتھ
نیلین وُوزلین مرژہ وانگن وگوین پھیرُ دِوان تہٕ سارِسی ہیٚرہ
یوٚرس اکِھ دلہِ کڈان تہٕ بیٚیہِ دلہِ لاگان۔ یوٚز موٚخترِ اوس نہٕ تورکُن
کینی۔ کنہ درِہ آسہ ہاکر وانگہ اَویزان تہٕ دوٗرِہ اوس باسان زن
مس لٹھری جوراہ چھِہ۔ اکِھ وقتہ اوس یتھوی گوٚن مس موٚخترِ تہٕ۔
از اوس تس سورُوی مس بوہ کیو بوہ کیو ژوٚلمت نیرِتھ تہٕ تال اُسس
سفید رٕشین ہِش چھتے مژ۔

ہمساین آسہ برأری کأنی زِنہٕ بھ ستی بہٕ رٕتھ تہٕ موٚخترِ اُس
سأرِسی ناتیأری۔۔۔۔۔۔ سو کیتھ پأٹھی ہیکہِ نیرِتھ۔ ہُرُد چھُ
ہتہ زوٚتگ۔ گرأنہٕ شین تأر لگِہ نہٕ۔ مگر ستی سوٚنجُن۔ یمین کتھن
ہُند اَے سوٚنچُم تیلہِ کریم موکجار۔" کیاہ تہٕ گژھی تن۔ از گژھہ

بوٗ منز ورٕنک گوٗنڈٕ تس گٔنٛے یہ مالِنٛچ سخ کل۔

"مالِنہٕ میانہٕ اٰدن باجہ!"

ترٕ تس آو تعجب زِ ییتہٕ کالہ پیٹھہٕ اُس نہٕ سوٚ مالِین تانی ترٕ گامُت۔ عیال بٲری منز اُس سو ییتہٕ پاٹھی ہیٚنز آمُت زِ گامہ نیبر کیاہ! سو اُس نہٕ بیرٕ نیبر تہِ دراہُت۔ ییٚلہِ نیرٕنکی پھیرٕنکی دوہ اُسِس تیٚلہِ اُس تمِس آمُت ہوٚنکہ!

... دوہے اُسی پانٛژ زٕ اتھ کتھہِ پیٹھ ژُودان۔ مگر سونہٕ اوس تیٚلہِ تہِ گھرس منز ماٲلکھہ تہٕ موختہِ اوس نہٕ کھیٚنی ییکن پائے۔ سونہٕ اوس ٹاس پوٚٹاسی تہٕ پیٚھوٗی سہ وٚلان اوس، موختہٕ اوس بریانہٕ کران۔ تس اُس ژِھنہٕ تران تہٕ ییتہٕ اوس پانے سونہٕ تمِس دزہ ڈینِن لہن للہ وان۔ کوتاہ خوش اوس یوان موختہِ تہٕ سند کاٗر نوٗر اُدِتھہٕ پشیمان آسن تہٕ وٚھان وٚدان تہٕ اوس تس اُسن یوان اُندرے اُندری۔ تس آسہ سونہٕ کتھہ پھیری پھیری یاد پیوان۔

وُچھ کوٗت نہٕ بوزٕنٕ چھوٗی۔ ہُتہِ آسہِ ہی بیٹہٕ۔ اتھہ لاگنے چھوٗی ژھوکھ لگان ـــ " سونہٕ اوس ییتہٕ تس ٹانگس کھاژِتھہٕ سارِسی شہرس ہٕ ژُنڈ کڈناوان۔ کِمیک شوق اوس تس سونن لُشہ تھوو۔

... موختہ اُس کھوژمژ برابری ہِش۔ تس کژھس تل اڈان تہ اُندری اُندری شرٗد کان —— واہ کیاہ وَنَن !"

"کیاہ وَنَن۔ میٚہ کیاہ ژُور چھمہ کرُمژ۔" تہ سہٕ اوس تَس منز مارکس نیٚنہ وانہ مائے بران۔ کوتاہ وُول اوس سہٕ ! تیلہِ

لاکم ڈیٚنجہ گژِھتھ اگر عشمہ رسہ رسہ پکہ ہے، سو نہ اوس تس پھِر پکہ ناوان۔ کوتاہ اکھہِ دُچھُن اوس سہٕ ! عشمہ ہُند اوس موختہِ ذرہ ذرہ گژھان۔

"وُچھ کیاہ ژٔٹِن۔ یِتھوٗی بہ ژریٚہ مائے چھُسے یران، اُمِس وُکرِہ ہَے چھوٗی یِوان اَزروٗن —— اَدہ چھُسے یِتھَے ونان۔ یِہ ہَے چھے ژریٚہ سون۔ دِہ فی وُچھوَ ناکُس زینہِ دو شوٗی منزہ۔ امہِ پتہ اوس سہٕ عشمہِ رُتھی پکہ ناوان تہ عشمہِ اُس پھینٗب کھسان تہ پھِر پکہ ہُژ اُس سو گھرہ واتان۔

کُنہِ کُنہِ ساعتہ اوس موختہِ عشمہِ ہُند سنخ اَزروٗن یِوان زن سو تَس یِزی سون اُس۔ عشمہ اُس قداور تھلہ تھلہ کرٕ وُنی مادِیاأنی تس کتہِ نیرہ بے سورہ ! تہ موختہ تہِ کیاہ کم پایہ اُس تہ سو تَس اُس نہ دو فی کھہنٗی فرق یِوان بوزنہ —— اکھ کمایہِ کُل تہ

بیاکھ زوٗجان — "دوٗن اُچھن ہُندی زہٕ لال تہٕ دو نوٗنی اوس سہٕ اتھو اتھو رچھان۔

موٗختہِ اوس عشمہِ ہُند وسہِ سریٛہہ، زن بیٚنہِ زہٕ آسہٕ تہٕ بیتھوٗی عشم بُرزٕ دٕوز، موٗختہِ اوس سونس پانس پیٹھ قسم ہیوٚتمُت زہٕ یُتھنہٕ دوٚنی عشمہِ پیٹھ اتھہٕ تُلکھ تہٕ از تانی اوس نہٕ سونن عشمہِ کیٛچھ ہووُمُت۔

پوٚز زِیُومُت اوس موٗختہِ تہٕ بیتھوٗی تمہِ سونس وُٛن درگاہ زہٕ سو چھےٚ گوٗبہِ کھورہ۔ سو زن اوس اسمانہٕ پیومُت۔ تمہِ اُس سو کوٗچھہٕ تُلِتھ تھاوُمُت ٹانگس پیٹھ تہِ اوس کُنہِ شاہہ دوتمُت اڈس پیٹھ تہٕ سارِنی ہتی اُسن سو کوٚم کرِتھ واُجمُت ٹانگہ پیٹھ۔

"کھو چھا سنز کیٛہہ کنہٕ نہٕ۔ یتھہٕ ما اوسوہِ ونان۔ ڈبہِ ہا چھیم نوٗن لُجمُت۔ "تہٕ پتہٕ اوٚس سونن تہٕ سیتی اوٚس سارِی ٹانگہ والیو سونن باگرِہ سارِنی تروٗچھ۔

موٗخت اُس اُندری اُندری گُلی گُلی گمُت۔ "گرس منز آس تھدل، پوٚز ننہِ وانہ یتھہٕ پاُٹھی— "تمِس آسہٕ کنہٕ بھشرہ تانی دوٚرلیٚرہ پوٚز یکن پاے اوسُس نہٕ کہینی۔ کوتاہ دُولی اوس سونہٕ!

سہٕ دوہ تہِ یہِ دوہ۔ پتہٕ اُس نہٕ سو زانہہ تہِ وُشہمُت سونس

سپتو شہن... سونن اوس تس پتہ کیاہ ترٕ کوٗرمُت۔ سو آیس نہ کُنہِ وتہِ ترِ دوہٕ ژٕ۔ ترٕ ییتھین وُرٕین اُمس نٕ سو گھرٕ نبر ترٕ دراہٕ دوہن کیاہ چھہٕ لگان۔ بوزنَے چھُنہ یِوان کیاٗزِ گیَہ نیرِتھ۔ موٗختہ اُس ترٕ دوہ ہرا اُچھن تلٕ۔ سورُوی اوس تس کالک بھتہ یاد۔ وکھ چھا روزہ وُن۔ پوٗز کتھ چھہ سُرٕہ بُنس تل تیمبرٕ ہٕشن زوتہ وُنی روزٕان سونہ ترِ کوٗت اوس بدلیومُت۔ وہتھِ ہُندی زٕاہ سو تھی۔ کجا شہ دَزہ وُن نار ترٕ کجا اُزٕیک سونہ۔ یخ تل کتٕ ہیوٗ!

تمن دوہن کوتاہ سنا اوس سونس موٗختہِ ہُند۔ سُہ اوس نٕ تس تبرنزِس ترِ دِوان اُچھن بروٕنہہ کنہِ ڈٕلنہ۔ تہ ازٕ ییتھ گاٗلی ترٕ اُس نٕ تس یہِ کتھ مُنٕظُٹ۔ موٗختہِ روٗس اوس نٕ تس وارِی یِوان نتہ ییترِ پھِرٕ اُس سو سکھر یمٕش مالیُن۔ مگر کُنہِ نتہ کُنہِ ہیتہ اوس سونٕ تس برنہِ بیٹھِ یوٗت پھِر ناوان۔ پوٗزٕ ہے بوزَو، تمن دوہن اُس نٕ کینٕہ ھاہ موٗختہ آسان پانس ترِ مالیُن گژھنس مرضی! نتہ کیاہ رَزہ کرِہ ہسہ سونہ!

مگر از اُمس تس سیخ گل وراہٕش مالیُن کُن۔ کیاہ ترِ گژھی تن، سو گژِھہ از ضرور ٹلک گنڈٕ۔ تس آو اُچھن بروٕنہہ کنہِ سونہ، لیُس

پرٕ کتھ بوزِتھ تس کٔڈ چشموٚ وُچھنہِ ترٛاونس تیوٗت عار زِ ہ سُہ ہیٚکی نہ برٛونہہِ پأنٹھ نیٖرِتھی۔ تس پکن نہ گوڈٕ ہی۔ "ترٛاوِ کُس پیٹھ سو سونس بجرس منز۔"

انٛد ترِ آو نہٕ ظاہرا سونہ کیٚنہہ۔ ترٛیٚ دوہ اُسی تس گٔمتی دان سادہ چکس پیٹھ۔ ترٛ دُنِرِ ترِ اوس نہ سُہ پھیورمُت تہ موٚختہِ باسیو زن سو وٕریہ بدٕرِن نیبرٕ اوس ترٛ تمُس آو سخ لول سونن۔ سونس نِشہ آسنس آس تس حال گأمُت! زیچور خبر کیا آسہِ لوٗگمُت فاقے ترٛ ٹھیکہ رے۔ دوٕ زمس پیٹھ آسہ زُو ژٹان تہ دوٕ فی آسہ ہس سو توژھ تہ سو آیہِ اندرِمی ہُراوِنہٕ ہمش!

بروٚنہہ اوس نہ سونہ زٕنہی ییتھ پأنٹھ نیبر روزان۔ شامہ پتہ ہیٚے تس کیاہ ترٛ کرِہ ہے کانہہ سُہ اوس نہ زٕنہی سوآری تلان۔ تس اُس گھرٕ واتنچ تیزی آسان۔ دوہس ترٛ اُس تس گھرہ گُنوٗی کل روزان۔ کأنٛژاہ مأیے اوس سُہ موٚختس بھران شأنس!

تِمن دوہن ہُنٛز اُس کتھی بدل ... تِمن دوہن کیاہ اوس فِکرِہ کھسان سونس۔ شامس اوس سُہ نوٗرٕ ڈھیٚشی اَنان تہ دوٕ فی اوس تس ژٕیر تأنی زُو ژٹِھ تہ نکہ چرٕ فی چندس آسان ترٛ لعضے نہٕ

سۍ تہٕ۔ سوٗنہٕ اوس دوٚنی پھوٚٹمُت۔ یہٕ اوس موٚختہٕ ہُندوی دِلہٕ
گوٚربہٕ زِہ سو اُس یمن دوٚہن تس سیٖتی وارہٕ آسُن۔ نتہ دوٗرِس
سیٖتی گھرہ کرُن تہٕ عیال پیٚترُن، یہٕ گو کوٚہ پیٚاٹُن!

تہٕ نیٚرنس پھیرنس کراُس تس فراغت آسُن!

"از گرٛزِھ سۍ منٛزور مالیُن۔ کیاہ تہٕ گرٛزھی تن!

سوٗنہٕ زِینگ اوس نہٕ ووٚزِ تہٕ ہیر گرٛی تہٕ پیٚاران لُوس ہش
سو۔ نصف راتن آو سوٗنہٕ۔ موٚختہٕ ڈِیوٚڈھ سۍ دوٗری۔ کوتاہ رسہ
رسہ اوس یکان ٹانگہ۔ زن کانہہ تھ لیٚتھ ناوان اوس۔ کتہٕ سۍ تیٚلک
ترٛٹہ طوٗفان! گھرہ یوٗن اُس عشم ہوا ہس سیٖتی کیٚتھ کران۔ سوٗ
عشم ہیٚچ نہ از برنہٕ تہٕ ہکہ اُزِتھ۔

از اُس سو پچھُمُت ہش تہٕ یرہ ژھینٛگی گامُت۔

دوٚنی بڈے پیٚٹھ۔ دوٚنی چھہ یہٕ آیہٕ گییہٕ کتھاہ۔ دوٚنی کیتہٕ چھہ
ہبکان۔ گوڈہ کیاہ ... موٚختہٕ اُس پانہٕ تہٕ مدہ ڈٔھمُت تہٕ
چھتے مُت۔ تمہِ وُچھ آرہ کرتھ اُچھہ عشمِ کُن۔ رونکس اوس
تس ماز ژٔم ٹھبوٚمُت تہٕ سو اُس ہوٚچھمُت۔ کرزی یاژ۔ ییٚتھوی
تمہِ عشمہٕ پھیٚکیو پیٚٹھو ساز وٚول، عشمِ جہ اُچھو تس کُن دِرہ تہٕ

تمِس گیہٕ ٹاریہ اُدری۔ تہٕ تِمِس اُشہِ ددراے۔ موختہٕ ژٕرٹ تسٕ سُم
تہٕ کوٗرِنس نالہٕ موٗت ... کمایہٕ کُجُ ـــ زٕن ولبہٕ زٕہ یُژی گالی
سمکھے مژہ آسہٕ!

سونہٕ تہٕ اوس سخ شُس باسان۔ تمِس آسہٕ چانچہِ مانچہِ ہیو چھمبِرٕ
کوتاہ بُڈہ اوس سُہ باسان۔ یِتہِ چھاوٕنی ہیکان۔ یِنہٕ تس زیٹھ
نچوٗ اوس گوٗمُت، سُہ اوس نہٕ اَکھی آمُت!

"بُڈہ نہٕ انسان تہٕ اَدٕ کیاہ گژِھ ہیس۔ کیاہ وُچھتھ فوٗلہٕ!"

عشمہِ دِژ ہینہٕ تہٕ تِمن بلسے یہٕ زٕن سو وَدان اوس!

"اَمِس وُکرِ ہےَ سائی شرٕپتھ۔ نتہٕ بُڈِتھ تہٕ چھہٕ وُنہِ رفل
پکان۔" سونہٕ دوٗن زنانِہ کُن۔

"اَہنہٕ ـــ ژٕہ چھُہس زِیادے لشان۔ یہِ کڈی یِتھے پائکھی سانہٕ
کھوتہٕ ژٕدور وَکھ ـــ"

"وُچھ کیاہ اوسے اَزٕ دُن۔ اَدٕ پھُسے یہِ یِتھے وَنان یہے چھے
سوٗلہٕ ـــ" تہٕ یُژی گالی اوس دوشہی کھرت گرِتھ۔

موختہٕ کوٗر ہیو گارٕٹن پوشن ژُھر۔ تہٕ درایہِ سونس بُتھہِ۔
مگر تسٕ گو اَندری یِتھے ہیوٗ زٕہ ترٕینہٕ دوہہ آو شخص تہٕ

پُرژِھہے ژِہ کرژھ اُکھ۔ تتھ چھُ لِشان عشمہٕ۔"

سۆن دوٚپتھُس۔ "ژھنُس بلاے۔ وونہے یُڑے یہ یہ۔
وونی چھا سۆ ہیکتھ۔"

تہٕ تمی ترٛاو ڈاف تہٕ یوکہ منزٕ ے ڈُچھ موختہٕ زِہ سۆن ادس
پُرژی پاٹھی بڑیومُت۔ سہٕ ادس بنہٕ کرِتھ پیومُت تہٕ مازس اَسس
للہ وزھ مژہ۔ تمِس گو سۆنن سۭنخ ژھرہ ژھرہ۔ مگر تس موٗٹھنہٕ
انِہنُن شوق۔ یتھے میہٕ ڈیجہِ ترٛاو، گیٚس بچہ تیلہ مالیُن، تمہٕ
شُونچ۔ "یہ چھُ اکھاہ پننہٕ آرامہٕ خاطرہ ادُن میہٕ کازہ تھوومُت
کرِتھ مین وری ین۔ تتھِس پیٹھ ادس یُتھ عاد انان نِہ موختہٕ ادس
نہٕ قدم یکنس دونہ یوان، اَدہ ہانیرنس۔ مگر از گژھ سۆ لامحالہ
کرِتھ مالیُن۔ سۆ لاگِہ تمِس پینہٕ۔ سۆ اُمس یہ سونچانی زِہ سۆ
کیتھہ پاٹھی سندی رادہ تہٕ تھتھ سۆنتی۔ "مقدس ہے چھُ نوش
سۭنخ ولٹے مژہ۔ تالِہ کنز چھنکھ ژھٹ گدٕ مژہ۔ ... ...
دوہے چھکھ تھوان ٹینڈ بن پیٹھی۔"

"یتھین گژھ یژھی پینز... ... ژیہ بوزتھ مے ہی رچھ
سازی اسمان۔"

"ژِہ چھکھ بُ پننِز زُٹ وو کھلس ژُھنان۔ عزِہ ہُندی
کِتہِ چھ؟"
"درایہِ سیلن۔ اَدہ چھُہ میأنی یأٹھی کاژھ گومُت گھرسی منز۔
"ژیرٗ کیاہ گوٚی کاژھ۔ ژیرٗ کھٗ کوٗرُمی منع، الھتُوی سمکھیوم
یوان بوسے۔ یمن پھنا نکٹس ختن ہال۔ گژھان کو نہ چھک ٹلک
گنڈ... پکرہ چکر، دُنیاداری دُنیاداری!"
مو ختت گیہِ رُوزِتھ ہتش۔ سو نہ ما اوس ٹھٹھہ کران۔
"یِہ چھے رو پیہِ پنژاہ ... نیری نڑ ـــ"
تہ موختہِ آو یوٚت یوٚت تانی زِہ وَنس کتھ چھُم گژھن گھرہ
بار تراُوِتھ۔ ہتس کا بس ین یم بکار یم پأنسہ۔ مگر سو اُس
کھہر نہ کھژوش۔ سو کوٚت مانہِ ہس!" ژہ گژھک نا؟"
"اَدہ یوہ تہ گژھ۔ پیا میٖہ یتہِ کُنس زُنس وار ـــ"
"ژیرٗ پھُوی نہ نالی کینہہ ـــ"
"وونی کم ساز چھم لاگیز ـــ" وٗدُس سو نن اسان اسان۔
تہ کیاہ گو ساز... ہو وُرہے تہ بیہِ تیاہ کینہہ۔"
تہ دو شونی گیہِ پڑانی دوہ اُچھن تل۔

"تلے بو ماگوس ژھروِی اتھو۔"

"ییلہِ ژِہ گژھک، بنہِ نا تیلہِ۔" موخت آیہِ مُژرنہ ہاوِش۔ سوٚہ وُزھ ہکہ تہ کجین اندرہ روپیہ ینژاہ۔ سوٚ کنس اُس پتاہ زِہ یم آسہ تمہِ یہِ وُیزہِ ترِ پانسہ سوٚنبرادمژہ۔ کاژاہ رأیچھو اُس تمہِ کرُمژ یمن روپین۔ کیتہِ پھرِ اُس یمن پیٹھ تموٚ ژوٚدمژ۔ تمہِ آسنہ سوٚنس حاجتہ وِزہِ ترِ دِژمژہ یم روپیہ۔ تہ مالیُن گژھنکس شوقس منزاوِ تس یوزنے زِہ تمہِ کیاہ کوٚر۔

"وُچھہ مالیُن ناو بوزِتھ کیاہ آیکھ مُژرنہ . . . . . . میانہ وِزہِ نیرِی نہ دوٚمبرِی تر۔"

—— موخت زن رُٹکھ ژوٗرہ ہانزِہ!

"نتہ چھمہ روپیہ ینہ۔ یی چھُ سورُوی عزِہ ہُند امانت!"

"میہ چھُنا پتاہ زِہ۔" سوٚ کنس آو اسُن وُٹھن مُنزی تہ دوٚپھُس—"کمن عنو طِن گٔیکھ۔ نتہ کتہِ اَنہکھ ژِہ۔" تہ تس آو سخ عار—"بچارِہ وُمبی دِژن چھیہ مے پتھ!"

تموٚ دوٚپُس—"یگاہ رُوز زِہ تیار، بو کھسہ سُلی شہر۔ بو کھارتھ یانے مُلک گنڈ۔"

"تورَے کھاۓہتھ چینیاہ۔ بوچھس کھورہ نَنہٕ وارٕی۔"
یگاہ پیینہٕ نہٕ موخترِ پدٕی کنہٕ۔ تمِ چھلٕی سارٕی گھرِ گھیک پلو۔
پُوزہ ترِ سونٕس صافس دِژن نیل تہٕ اوٚبرہ تہٕ مایہِ سیتی گیہٕ
تم کرِ کرِ کرہ دُنی۔ گلہ واۓنس ہیوٚتن سوداہ... ... خضرِ شرینز
وُچھان وُچھان گیہٕ روٚ پیہٕ۔ لگان کیاہ چھہٕ۔ پیترِ کاۓلی کھسن
مالیُن، چھَنبو اتھو ماگھرٕہ۔ سو اَمس پلو ژُھنتھ بہتھ مگر ژیر
اوس سونس گومُت۔ پیٚلہِ نہٕ سہٕ شام تانی ترِ دوت، موخترِ لجٕ فکرِ۔

سہٕ گو نٕہِ پتھ روزن وول!

سونہٕ دراو شلہِ پننِ کنز اڈہ پیٹھ، پوز وَ ترِ روٹ عمہٕ ٹانگن
چاپہِ۔ تمٕ ترٕوو عشمہِ ٹاساہ تہٕ کرُنس ہیٚرہ بون نظراہ۔
"ووٚنی ہیاگیہٕ یمہٕ سبزہ کتھاہ... ... مالکس ہا چھہٕ سفید
گرٕ کُنز۔ چھوٚپی ہے صلاح، مُجہِ موٚلس دِوِہ ناوے... دوٚن
ہتن پیٹھ کروے سوداہ... یمِس تہٕ ییی کینہہ۔"
سونس پیٚیہٕ یہٕ کتھ وچھس مکرٕ ہش— "سہٕ کنیاہ عشمہِ...
سو چھنہٕ کتھی۔ تمٕ اسی عشمہِ ہندی زٕ چھیرہ کنزمتٕ... پوٚز تمہِ
ساعتہٕ آسہٕ تس مجبوٗری۔ نبہٕ اوس مرنٕ ست۔ تٕہ تم کُنہٕ وِزہ ترِ اوس

تس باسیومُت ذن تس وچھ تلہٕ نبہٕ تہٕ نورہ اوُسکھ نیومُت کڈِتھ۔

تہٕ تنہٕ اُس نہٕ عشم پھیر مژی۔

تس آیہِ عشمہٕ ہنز سنخ مائے ودٕ تلِتھ۔ "ووندٕ مس نُو !"

مگر عمہٕ ٹانگہ تہِ اوس پوٚزوٗی وناں۔ موٚخت اُس بڈیمژ تہٕ گاٹھ

سڑکن پیٹھ اُسی نہٕ بوٚر ہیتھ ودٕ ٹلان تہٕ ونکین اوس اتھس منز

روپیہٕ ہیتھ تہٕ تہٕ تس ڈٕنجی نیتھ۔

"بوٚ ہاکرہ گھرٕ مصلحت۔" سُہ وٚوتھ عمُلس کُن بے میلی۔

تس پھیری نہٕ گھرہ کُن کوٗٹھی۔ سُہ کیاہ، بُتھ دِیہِ موٚخترٕ تیتہِ عشم

تہٕ اُس نہٕ ہیکان ٹیکتھی انہٕ۔ سوٚ رُوز کاٚر نوٚمراوِتھ دِل ملوٗلی قدم

قدم کڈان تہٕ سوٚ تس باسیو... "اما اِمہِ ما یہ ساریے کتھہٕ"

کھوژان کھوژان پیٚھوٗی سُہ گھرہ ژاو، موٚخت اُس شوٗریمژ۔

"میہٕ اُس نا نتہٕ پتاہ زِہ ژٕ ییہٕ پھوٗی میہٕ مذاق کرُن۔ یہِ پھیہِ ژیہٕ

اُزیکُ۔ ژیہٕ اُستھ میہٕ دوٕ ہئے نوٚ کرِہ رٕز کرٕمژ۔"

"بوزکھ تیا کِنہٕ کینہہٕ نہٕ؟"

"بوٗزی بوٗزی کیاہ درام تنہٕ۔ ژیہٕ نٕے یُن اوسُی، میہٕ تگِہ ہنا کُنی

زینہِ گژھُن ــ"

تہٕ موٗختہٕ دِیُت دَم ہیوٗ زِہ وُچھوَ ووٗنی کیاہ دَرِ سوٗنہٕ!

"بوزکھ تیا کِنہٕ ... عشمہٕ اوس نہٕ زُوٗ ٹھیک!

"نتہٕ کرا اوس میانہِ وِزِہ تَس زُوٗ ٹھیک۔ سوارِہ تلُس کرِتھ

چھہٕ اَر دُر۔ ینٕن ینٕن نصیبہٕ!" موٗختہٕ ووٗد ٹنگہٕ۔

کاٗر بوٗن تھوٗرتھی ووٗتھس سوٗنہٕ ——

"عمُل چھہٕ دیان وُنہٕ لیہٕ عشمہٕ ردہ پیہٕ ہتھ کھنڈ ... دوہ دوہ ہے گژھی، پتہٕ لیہٕ نہٕ کھنڈہار ——" یہٕ ونان ہوٗکھ سوٗنس

ہیوٗ تہٕ موٗختہٕ ہوٗکھ ٹارِن پیٹھہٕ اوٗش۔

"ژٕیہٕ رُودُی نا بیٖہٕ کہیں کُنُن لایق۔ وُمرہ کوٗرُن ڈاکھ ژے پیٹھہٕ تہٕ بچرس ہنز کنہٕ ہن ووٗنی۔ یگاہ کُنکھ میہٕ ترٕ۔ خبردار چھے میہٕ نِشہٕ یِژھ کینہہ کرنس!"

"چانی کینہہ ہے اَس نہٕ۔ پلہٕ ہم ہے تا آدِیزہ کرِتھ تھاوہ ہن۔ پوٗز پانسی چھے خیر۔ کینہہ کیٖتھہ ہے اوس یگاہ کیاہ کھمو؟ میہٕ چھہٕ باسان عمُل چھہٕ پوٗزوی ونان ——"

"تیلہٕ کیتھہ چھک میہٕ یِژھان۔ مگر پیٹھ ہنَ تھاوَے نکھہٕ وائلتھ زِہ عشمہٕ لگہٕ نہٕ اسہٕ وَرآیی کنہٕ ترٕ دِل۔ سہٕ بابہٕ جنتی اوس میہٕ ونان۔

بُونٕہِ ہے گوڑہ تلہ کڈتھ بیٚیس جایہِ دِمون، سہ ہیٚیا موٗل۔۔۔ ۔۔۔
سہ ہو کھہِ پنہٕ پنٕہ۔"

موہنٕ ہُنز یہِ کتھ گاٹڑاہ پٕنز اُس! پوٚز عمل ترٕ کیاہ اوس ایژ ونان۔ سونس سمبونٕ بُتھوی ژہ سہ کتھ پأٹھی وٕنٕتس پأنس ہندٕ تہٕ سہ وٚوتھس دُیان دُیان ــــ "نائے کیاہ چھک ژٕہ ونان تیٚلہِ، وُنکیس چھہِ پأنسہ ترٕ اتھس کینھہ۔ پتہٕ روزہِ افسوسی!"

موہنٕ وُژھس شاجی ہِش ــــ "نتہٕ چھنا میٚہ پتاہ ژیٚہ پیٚوِی یمن پأنسن کٕژن تام پیٚٹھ ٹُور۔ بہٕ دِمے نٕہ وِرنی ترٕ۔ یہِ وُچھتھ نا میٚہ یم پأنسہ ژُور۔ ژیٚہ آسہِ ہی نہٕ نِندرٕ آمٕژ راتہ پیٚٹھہ۔"

"وُہی ژہ اُکھ دوہے مجھول!" سونن دِیت ڈیکس ٹاساہ "مجھولی یا ژہ بیقل ترٕ۔۔۔ ۔۔۔ نتہٕ کرِکھ ژٕہ میٚہ پیش گرٕ۔ شخص بایہ گیہٕ وُمہِ نبر نیرنس۔ گو کیاہ میانہِ حقہ! انز دییوم بہٕ ترٕ کڈہ داش ہیوٚ۔ تتھ ترٕ ژٕ اُنٕتھم رِشیتہ۔ نتہٕ کر آیوے ژیٚہ نحوش! چیپنز کھاریتھٕ؟"

"سہ کتہِ کھارہ ہا؟"

"میانہِ وِزہ کتہِ ئی ہی ژیٚہ وندے!"

سوٚنہٕ گو چھتہٕ ہیوٗ تہٕ ووٚتھُس لوٗتی ــــــ

"کتھ بوزکھ تیا کِنہٕ ... ووٚلرِدہ دوٚنی یِم روٗ پیہ ...

یانس چھمنہٕ کھینہٕ تہٕ دَپو گیہٕ کتھاہ!"

"بو دِمے نہٕ وِرِنی تہٕ ... دوٚپے نا تِم خرچ میٚہ ــ"

"تِمن کیاہ اوسے ژٕریٚ انُ؟"

"دوٚنی دِمیہ بو ژٕریٚ حساب ... ... تہٕ کرِتھ پنٕنہٕ اُمسم یانٕس۔

پِی خوش کوٚرُم تہٕ کوٚرُم۔ چائِنس اگر اَتھہٕ لاگہٕ، تیٚلہٕ وَنتہٕ ژٕرہ۔"

"ژٕریہٕ کتہٕ اُنِتھ ... ... خوٗنہٕ زِی چھیہ میانی!"

"سنخ زِی چھے چانی!"

"اَدہ چھا چانی۔ دوٚنی وَنہٕ ہے کتہٕ اُنِتھ!"

موٚختہٕ ترایہٕ شروٗکنین وُدہٕ وُدی تہٕ سوٚنس پھیوٗر سنخ۔

تَنہٕ نہٕ زانہہ انزگیوٗس بچارہ شوق نبر نیرِنس تہٕ تمی اُسس لاٗیمژ

گوٚڈن ہانکل۔ یِمن روٗپین لوٚگ نار۔ کتھ کاٚژاہ اُس زیٹھے مژ۔

نہٕ آسہ نکی ژھرٕ ژھرٕٹ!

سہٕ تہٕ کیاہ کرِہے چھنبو اَتھو۔ عمل تہٕ اوس لوٚنز ونان تہٕ

سہٕ ژوٚدنِندرِہ منز تہٕ وودان ــ "نتہٕ چھُسہٕ بو عشم کنہٕ نس خوش۔

سُہ ناٲنہِ میوٗنی یان کمہ شراکہ چھم اَندری پیوان۔ لوٚز بُڈہ جانوٗر چھُہ
میوٚے افسوٗس! از چھُہ تِہ پگاہ نہ رٕہیں۔ پگاہ کھیٚیا مُسلہ میون۔"
ترٲوِ راتس آیہ نہ تس اکھ زوٗلہ ترٕ۔ ناحقہ یا حقہ اوس تس
عمل سمہ کھیوٗمُت۔ سُہ آو یُہَے نِنہ ہیوٗ۔ تس توٚگ نہ سوٚچُن زِ سُہ
کیاہ کرِہ۔ کوٗنس منز اوس موٗختہٕ کلہ دادِہ سیتھ زو ژھالان نیرٕتھ۔
وٚڈو نہ گوٗڈہ کم! ترٲندری لگی سوٗنس ہیٚژنہ ترٛاوسی ہیوی۔ موٗخت
—— سوٗنہ نین شرٛپن ہُنز موج! یوسہ عشمہ ہُندی یاٚٹھی واریاہ
پین اُس گامُت۔ اَدہ آسا یِژھے دوٚ شوٗیے ترٕ عشمہ ہُندِہ خیالہ
لوٚگ تس یُہَے رنگیل ہیوٗ۔ دوٚ شوٗنی اوس سوٗنہ نہ زندگی ہُشیار
ترٕ لول بھوٗرمُت۔ گوٗڈہ کوٚت گنہٕ سُہ عشمہ۔ سو دریا بٔیس جایہ۔
موٗخت زن اُس پانسی سیتھ لبلہ کران۔ کرِہ نا! کم ہاے اُسہ
تس عشمہ ہُنز —— ولیہ تون! عشمہ ترٕ اوس نہ کم تہندہ
سرِ یِہ۔ سو ترٕ اُس پینیتہٕ پینیترٕ ہنہٕ وَدان۔ زن ودان اُس! ژن
تس ترٕ موٗختہٕ ہُنزہ کرٛنکہ آسہ ترٕ ٹھ گامژہ۔
سوٗنہ اوس نِنہ آمُت۔ ینہٕ کنہٕ دِژون نہ موٗختہٕ ہُنزن کرٛنکن
کِنی۔ ترٕ ہیژٲنی زیٹھو زیٹھو کھرو کھ مارٕنی۔ زن مس نِندرِہ اوس!

مگر ہُتہِ آس نہ تاب تہِ۔ یِتھُوی موختہ دِژِس زِیرِنہٕ لتس گوٚژھ داژ چین ووٚر ژٕٹِھ۔ سونَن کھیٚنیِہ ووٚٹھ ہِش۔ "بہ کہیٚ دود چھیُہ زیادہ؟" "اَدہ چھےَ اکھتی وِوران۔" "تمِس لگی وارےَ ہگ۔ یوتام مرہ تہ توتام باسی ژیہٕ اپنٕوی۔"

سونس بلییہِ بکرِہِش وچھس۔ "تلےَ مت وَدتہِ یتھ پاٹھی۔ میہٕ ہےَ چھ کیاہ تام گژھان اندرہ۔ ہُتہِ چھُنہ میہٕ پانس ژٕو ٹھیک!"

"ژیہٕ تیجےَ دوہےَ یہِ ژھریے کتھ کرنہِ۔" سونہ لُج بیٚنیہِ وَدنہِ تہ سونس لاگ گِلہ نیٚرِ ژھرِ زن تتھ ریخ۔

کوکر بانگہِ ووٚتھ سونہ گانس منز تہ تمِس پھوٗر اچھ۔ غشمہ اُس نہ کینہہ تہِ شونجمُش۔ ۔۔۔ بی ہس تہِ کتھ نیندر! اموختت ہےَ ہیرہ ہشیاری اُس تہ آنگہ وَنہ تلےَ باسیہ تس نہِ غشمہ تہِ چھُنہ ژٕو ٹھیک۔ تمِس اُسی کُن پھٹمت۔ یِتھُوی تمی تس روٗ نکھس ٹاس لوسے، تمی تیجِ نہ کاٗر تہِ نزاوُسن۔ تس ژور اُشہ ددرارےَ وسان ۔۔۔ سونن ہیوٗک نہ وچھتی۔ یِتھُوی تمی اتھ پھیر ونس غشمہِ اُسی ساسی کُنڈی تہ سو اُس تہِ فی تلہ کتہِ ہش۔ تمی

ڈ بجہ شونٹھ تہٕ وُزہ ناوِن موہ نٔخت۔ یتھوٕی تمۍ موہ نٔختہٕ اَتھہٕ لوگ، سہ تِہ اُسس عشمہٕ ہنٛدی پاٹھۍ پیٚخ۔ تمہٕ کٔرٕ ہش!

"عشم نٔے چھُنہٕ زُرہ ٹھیک۔" تمۍ وٚونُس لوتی۔

"ژے چھوٕی اَمۍ سُند دود زیادٕے وسہٕ۔ چانٔی کہنز مٔری تن بقایا۔"

سوٕ ہے چھہٕ پٔزی سیٚخ بیمار۔"

"ہیں ... ... میٛہ ہے راتھی زانیو۔" دگ ہیتھی وُژھ موہ نٔخت ہکہٕ عشمہٕ نِشس تہٕ بلہٕ ناوُن کوٚم تہٕ گور۔ مگر عشمہٕ لوگ نہٕ چونٹھ تِہ تمہٕ۔ تمِس زن اوسن ماٛلی رٕوٚٹمُت۔ سوٕ نن واجوٕ کُچھ پیٹھہٕ مکایہٕ کانڈ لوواہ۔ مگر عشمہٕ وُچھہ نہٕ تمہٕ کُن۔ عشمہٕ لجہٕ موہ نٔختہٕ کُن اُچھو درہ تہٕ دِژن ہیٚنہٕ۔ زن سہ وَدان اُس! موہ نٔخت اُس عشمہٕ نالہ متہٕ رٹتھی ہکہٕ لگہ متہٕ تہٕ سوٕ نن موٚنگ اُندری زہٕ عشمہٕ گوژھم نہٕ کینہہ گژھن۔ رات تانٔی اُس وارہ کارہ۔ زن لجس اُچھو۔ زن بوزن تمہٕ کتھہ۔ اُمس ہیٚے گوڈہ تران میانہٕ کتھہ تہٕ فکرہ۔ ووٕنی سوچہٕ تہٕ نہٕ کُنہٕ نگ۔ عشمہٕ پیٚہ نہٕ دار اسہٕ روٚس!"

نیرِہ ادس کوٗ ٹھش ییران۔ نب ادس الونڈی۔ سوٗنن وُچھ
نبس کُنُ تہٕ وٗونُن لوتی موختہٕ ـــــ "عشمہٕ چھُنہٕ ژرِوی ٹھیک۔
انہٕ وَسہٕ نہٕ بوٗ کامہٕ کینہہٕ۔"

"ژیٚ کیاہ۔ ژیٚ گژھی کانہہ ہیتھاہ آسُن گھرٕ بیٚہہ نس۔
یِری کیاہ ژیٚ یِتہٕ؟ کینہہ نےٚ توتہٕ ژینہ پانسی سوٗنب!"

سوکنس ہیٚرن ریٚہہ ـــ "بوٗ چھُس یِتہٕ شوقہٕ بیٚہان۔ تہٕ گُرِتھ
میٚہ تہٕ زان کوٗڈ اکِ دوہہ واش ـــــ گو کیاہ میانہٕ حقہٕ۔
بوٗ چھُس نا انسان!"

"تہٕ کُہ وٗون ژہٕ چھک نہٕ۔ اتہٕ چھُہ مےٚ ششترُو، میانی کنی
بیٚہہ تہٕ دوہہ یِتھ۔ نہٕ وُچھ زان تہٕ مےٚ چھُہ ـــ"

"ژیٚ ہےٚ پلہٕ ہی ژہٕ دِیکھ نہٕ میٚہ برٕزنِس تہٕ یِتہٕ سوکھ۔ ژیٚ
اوسےٚ دوہہ ہےٚ میونی کھوٗتھ۔ ژہٕ آسکھ دیائی کر گژھہ بوٗ۔
ژہٕ کر مکھ یا ییناہ!"

اوٗت تام ژوٗل موختہٕ سورُی۔ دوہنی رُود تہٕ تس پانس
تام ـــ "بہٕ مارےٚ پان ـــ" تمہٕ دِژ کرٕ نکھ۔

"مرکھ تہٕ ہےٚ میٚہ یِیا جاگیر رٹنہٕ۔ ژیٚ کتھ کھوٗتھس بوٗ

کھوژہ نأوِتھ ؟ " سہ وٚوتھ تہٕ اُگُن دزان دزان عشمہ ساز تہٕ
دٕراو۔۔۔

موٚختہٕ دِیُٹس پوٚت آکو۔۔۔

فاقۍ کوٚت دراکھ۔ ہتہ یہ نہٕ ہبتہ ٹوٗر۔ اتھ تیرہ منز ہُندرہ
گوڈہ۔ یہ تھاو گھاسس تل۔۔۔"

نیران نیران اُژھس سوٚ بیٚیہ۔۔۔

"دٕوٚ پیٚۍ اورے کھأرتھ نٔدر گیٚڈا زبر پاہن ! "

سونٛس کورُکھ زن کُتہ کُتہ۔

ہأۍ ژیٚہ مژی۔۔۔ " تس دو تلیہ سنٛخ مأۍ موٚختہ ہٕنز۔
" ووٚندمس زُو۔ " سہ دراو پوٚز عشم اُس نہ ہیکان یکتی۔
زن نہٕ تمس زنگن ژٕوی اوس۔ تمس اوسنخ عار عشمہ ہُند۔
سیتی گیس دادہ سیتی چھورہ چھورہ کرونی موٚخت اُچھن
تل۔ سونٛزنین شرہن ہٕنز موج۔ عشمہ ہُندوی دود اوس موٚختہ
لوٚلہ منز ہیوٚتمُت۔ سہ کُنہ نہ عشمہ دوٚدنی نہ نہی۔ یہ گژھم دوٚدنی
ٹھیک گژھنی۔ مگر اَڈس ییتھ ڈیجس تس بیٚیہ زنیمتھ۔ عملس ووٚنن
عشمہ چھنہ زُو ٹھیک۔ ٹھہرِتھ کرو سودا۔۔۔ " سہ کھوٚت سُلی

سَوار بوٗ روٗس توٚہی واپس۔ وتہٕ اُس رِبہٕ چاہ تہٕ گھرٕ واتہٕ دُن
اوٚسُن شین لوگمُت۔ تہٕ وتہٕ وتہٕ باسیوٚ سوٗنس ژِہ عشمہٕ زن
لِبتھ نوٚو از ٹانگہ۔ گانس منز زول تمہٕ گوٚیُن تہٕ دشناوِن عشم
عشم زن اُس رُوشتھ ہِش۔

"تمہٕ آسن ضرور تمہٕ کتھ ژیمژہ۔ یہٕ وُکہٕ چھاکم مژھل۔
دوٚندمس تمٕو — "ہیری کنز گوس آکو"، مو قدم اوس یلنے
نہٕ وورژہی آمُت۔

"نوشہٕ ہاگوم سخ گایلہٕ۔ ژرے پیتہٕ ہی چھے سو کرِتھ وُٹکر
چھہٕ۔ اُتی گرِتھ ھان گھرس منز وند وزُن۔ تس پیو غش —

"آسہٕ چھکا دِس حض، دُنی گرِتھ ٹھیک —"

"تمہٕ سیتی کہو بنہٕ تس۔ سو ہا چھہٕ علیل بیمار۔ ژہ چار
ٹانگہ۔ سو پییہ شہر وانیز۔"

"ونکینس حضنی ییتھ شینہ گڈ کارس منز؟" سونہٕ آو تس
نکھہٕ۔ تہٕ وِدوٚنس لوتہٕ —— "ژہ زانکھ نا یہٕ زنانہٕ مکرہٕ۔ کتھ
چھُہس مخرج کھالان۔ دوٚ دِ بے آسہٕ ہے عشمہٕ زُو ٹھیک، تیٚلہٕ کیاہ
اوس۔ یہٕ چھا سو یہٕ اُنی عشم۔"

"نباتہٕ انسان ماروِنہٕ۔ اُمس کیاہ چھہٕ۔ یکہٕ۔"

سونس پینیہ یہ کتھ بُتھس ٹھاپر ہاش۔ تس ووتھ وہوُن۔ "نہ حفن، بُہ مارنہٕ عشمہ چانہِ خاطرہ۔ ژٕہ کرٕزھ کتھ چھک کران۔"

"ژرٕیہٕ ہا زوتھس بہٕ لوگمت وٚنکنس۔ بلاۓ ژھنس، یہ منگہ ہم ترٕدمے۔ میہٕ چھا چارہ۔"

سونس ہیٚژن رٕہہ۔ بلاۓ آیہ حفن چانین پانس۔ یہ پھک نا ووچھان عشمہ کیٛش بیمار چھیم!"

"وونی نا چھم نہ کٕنہ کینہہ۔ سو ہا چھہ بلیہ زٕوہ۔"

سونہ کملیو۔ بُلٕکس آسی اتھس پینیہ موخت یاد۔ سونہ نین شُرٕن ہُنز موج! یہ عشمہ یہ ترٕ نزانہٕ یہ دود کیاہ گو۔ دگٕر چھہ بوے آسان!

سونہ کملیاو ترٕ موقدمن ژٕلوُن سائری چھہ شُری وائلی۔"

سونہ ووتھ گوہ دلہ ترٕ لوگن ساز عشمہ۔ عشمہ تھاو کاٹر نومر تھ زن اُسس مارنہٕ نوان۔ سو اُس وَدان۔ سونس باسیو تس اُسی ہکٕ لگی ہتہ۔ دُہیچ اُس پھچمژ۔ تمہ ہیٚوک نہ ساز ترٕ تلکتھ۔ سونس پھور اُچھی۔ "نہ حفن یہ کوٚت ہیکہ تکتھ۔ یہ نہ حفن اُمس کینہہ گژھیم بہٕ لیہ نہ کھنڈ ہار۔"

"ہا اُمس نا چھُنہ کینہہ تریہ وائے۔ پوز اگر میہٕ نوش مرہ، مگہ ژھنم تھوکرہ۔"

یِتھُوی ٹانگہ بَرَنہِ نیبر دراو۔ ہیرٚی کنِز دُچھ موٗخترٕ۔ تہٕ وٚونٕ نس بوز ناوی بوز ناوی۔

"بیمار اُس عشقم میانی خاطرٕ۔ دوٚیمین ہُندِ خاطرٕ کڈ ہِن نصف راتن تہِ۔ پنٕز پنٕز سوالیتھ۔ ژٕ او شکھ دوہَے پرٕ دارک۔ موٗخترِ آیہٕ اُشی گنڈ۔

سوٗ تس دراے نٕ کوٚٹھی۔ پوٚز موقدمس کُن وُچھتھ آو تس عار تہٕ تمہِ عیارٕ لاکم تہٕ دراو۔ نصف رائز پھیورٕ سوٗنہٕ ژھروی اَکھو تہٕ ٹانگہ اوس نٕ کُنہِ۔ موٗختہٕ اُس ہوشیارٕ تہٕ تمہِ ژٹ باکھ تہٕ سوٗ تس توٚگ نٕ رہیں وَنُن۔ یِتھٕ تِتھٕ کرِتھ وٚون تمہِ——

"بوٚہَے پھوٚرس پانٕنی پانس۔ دوہَے گیہِ پننہِ ہنہٕ نش تہٕ۔" "میہٕ ژانیو تیتھوی یِتھُوی موقدم آیوو۔ یم کیاہ ژانن بیٚیہِ تس دوو۔"

سوٗ تہٕ اوس موٗ چھہِ موٗران تہٕ وُٹھ ژایان۔ "دیان چھس ژٕ پی ہیمہ ہک۔ میہٕ اگر یہِ پتاہ آسہِ ہے بہٕ ییرٕ ہا یتہٕ۔ میہٕ دوٚپ دوہ آسکھی گوٚ بہِ کھورٕ۔ تمہِ ہے اوس سانگ لوگمت۔ ڈوٚلہہ اوس باژو دوہ لوٚ ژومژ تہٕ ییٚلہِ تہٕ نوش ماٗلی پیہِ ترن کنِز وتہٕ پوشی، تمہِ لوگ ڈانب۔ یہندی نخرٕ تہٕ بوز ژیتھی۔ نتہٕ کوٚت اوسس گژھن۔ تتھٕ شینہٕ

گرٕڈ کارس منز۔ بیٹھوٗی سو تمِس ٹانگس کھأرٕ، سو اُس نہ اپھر کو کرٕ
ہشِس۔ تہ وتہِ گو تَس زُو پھیر کتھ۔ وَنتھ اُس نہٕ ٹھیک۔ ہُتر نہٕ
عشمِہ دُو ٹھیک، تمِہ چھو کہ نوو ٹانگہ تہٕ نوش گیہ یہے شاعجی ہشس دُتھ
تہٕ رٕڈایہ مو قدمس۔ "ٹرٕٹ اُدے نا یمِہٕ داندہ گاڑہ روٗس کہیں اتھ۔"
لیہ پیوس اسمانہ۔ میہٕ توٗگ نہٕ سو نخچوٗہی بہٕ وَدا کِنہ ایسہ تہٕ اُتھو منز تُل
نوشہِ قسمچہ تہٕ کنوٗی دب لوین عشمہٕ روٗنکھس۔" تہ موخترِ باسیو زن
تَس تہٕ ننہِ تھرہ لمی تافی کش کدِتھ قمچہ دَب لوے۔ تس باسیٔہ
اُندرہ لہِہ پھہان۔ عشمِہ ہے ژٕجی زن چکہ نیرِتھ۔ چنوہ لارے یتھ
رات ژیو لأتی راتس گرِتھ۔ مگر تمِہ گرٕ نہٕ ہوڈٕ۔ تمِہ تھأو میأنی شان
تہٕ سو ژٕجی رفل تہٕ میل کھنڈ دُور کتھ کھوٚت تس رتہ پوٚس تہٕ شِہٹایہٕ۔
میہٕ شِہٹیو اُچھن منز اوٚش عشم اُس موکلیمٕژ۔ میہٕ وُچھ نہٕ کہنی یتھ
برو نٕہہ۔ سوٗی قمچہ دَب لوے میہٕ نوشہِ بُتھس تہ تس نیوٗن ناز
دِیتھہ۔"

موخترِ کرٕ نہٕ کیتھی۔ سو رُوز لوٚت لوٚت اُندری وَدان۔ لأز زن
ادکھ تمِن موٚتمت!

---

(دانند)

